

# DUSHMAN

## AFSANI SUMBRAN

BY:

AB.GANI BEIGH ATHAR



# دُشمن

(افسانۂ سوٗمبرن)

اپنے رفیق خاص
محترم سلیم سالک کو
محبت بھرا نذرانہ
[signature]
عبدالغنی بیگ اطہر
26/9/23

عبدالغنی بیگ اطہر

کِتابہِ ہُنْد ناو : دُشمن ( کاشُر افسانہٕ سوٚمبرن )۔

افسانہٕ نگار : عبدالغنی بیگ اطہر (ایم اے پولٹیکل سائنس، ایم اے کشمیری، بی ایڈ، آنرس اردو، آنرس کشمیری۔)

خط وکتابتُک پتہٕ : ریگی پورہ۔ کپوارہ۔ کشمیر۔ پن 193222

فون نمبر : 7006333704 تہٕ 9906699022

کمپیوٹنگ : کاظم الغیض خان

سنِ اِشاعت : ۲۰۱۹ء

تعداد : پانژٕ ہتھ (۵۰۰)۔

مول : ترٛے ہتھ روپیہِ (۳۰۰)۔

صفحات : ۱۲۶

ناشِر : اطہرس پبلی کیشنز۔ ریگی پورہ کپوارہ 7006333704

ایڈیشن : اَوّل

# تبصرٕ

عبدالغنی بیگ اطہر زانن بہٕ سبٹھاہ کالہٕ پیٹھہٕ، تتھ ونونہٕ بالہٕ پانٛژ یارٕ ز کینٛژہہ بٔلکہ اَسی دوٕ شوٕے (یمہٕ ساعتہٕ اَسی گوڈنکہٕ پھرٕ سمکھ مِتؠ چھہٕ) کینٛژھا پٔرؠ مِتؠ لیٖکھی مِتؠ تہٕ تہٕ کینٛژھا سمسارتہٕ سوٗرمُت۔ ووٗنی گوٚو اطہر صاب رٕوٗ ددوہٕ ہےٚ پنہٕ نس سم قدٕ کس پردس تل تہٕ یہٕ گنٛژر روٗ کھ دوہے لوکٕٹے۔ اگر یہنٛز کتابہٕ ڈ چھوپتہٕ تمہٕ چکس کٕنہٕ جایہٕ تھاوو کھ تہٕ یوٚر کنہٕ ییٛناوون اطہر صابنؠ چھُ خیال زِ تم گوھن اَمی ہنٛدِ کھوتہٕ تھزٕ ے پہن۔ حق تہٕ یوٚ نہٕ چھُ یہٕ زِ افلاطوٗن چھِنہٕ دوہے زوان، ووٗنی گوٚو آدم ذاتٕ ژٕ منٛز چھنہٕ تیٚتھ تہٕ کانٛہہ یُمس نہٕ قدرتن کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ رُت وصف دِتُمت آسہٕ یُس وصف تَمی ہنٛز شناخت بنان چھُ۔ اطہر صابس چھ دٔین زوٗ، ذہن تہٕ اتھہٕ دِتُمت۔ یمن ترٛیشوٕنی چھِ پانہٕ وٲنی تھو کاڈی نیشن یِمَو یمن سانہٕ بٔڑی صفہٕ سیاہ کرنک وقوف دِتُت۔

یہنٛز شخصیت تہٕ چھےٚ بسیار پاسل۔ یمو گر شاعری تہٕ، یمو لیٖکھی مقالہٕ تہٕ تہٕ یمو لیٖکھی افسانہٕ تہٕ، یمو گٔری ترجمہٕ تہٕ بیٚیہٕ تہٕ وارِیاہ کینٛژہہ مےٚ چھُ باسان ہر گاہ ازٕ یہنٛدی تمام تحریر یمن بروٚنٛہہ کنہٕ تراووتہٕ کینٛژہہ کارنامہٕ ڈ چھِتھ کڈن یم پانہٕ ووٗتھ زِ یہٕ چھاپٕنٛزی تمو پانہٕ لیٚو کھمُت۔

یمن چھُ ساہتیہ اکیڈیمی ہُنٛد ترجمہٕ کاپتھ ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔ بیٚیہٕ چھِ سٹیٹ کلچرل اکیڈیمی یمن وِزِ وِزِ افزاٰیی گرٕہو۔ یہٕ چھُ یہنٛدِ قلمک قوت زِ یہنٛدی کینٛژہہ افسانہٕ چھِ انگریزی لیس منٛز تہٕ ترجمہٕ سپدی مِتؠ۔ یہٕ چھےٚ سانہٕ خاطرٕ اعزازٕچ کتھ زِ یہُنٛد اکھ افسانہٕ چھُ آنجہانی خشونت سنگھن تہٕ انگریزی زبانٛی منٛز پھیوٗرمُت۔

مےٚ بروٚنٛہہ کنہٕ چھِ یہنٛز افسانہٕ سوٚمبرن یتھ 'دُشمن' ناو چھُ تہٕ ووٚمید چھم زِ ساٰری دوست پرن یہٕ تہٕ مصنفس دِنی اکھ دادتہٕ بیٚیہٕ باوٕن یمہٕ بدادا کھ اُکس۔ خدا لٔو زِن یہنٛز یہٕ کوٗشش روزِ نی تیتھے کٕنٛز کامیاب یتھ کٕنٛز تہنٛزِ باقی کتابہٕ مقبوٗل سپدِ یاے۔ آمین

# فہرست

# عرضِ افسانہ نگار

مے لیکھی از تام الہٕ پلہٕ پنژواہ کأشری تہٕ پٔژ تٕرہ اردو افسانہٕ، یمو منٛز اکثر وادی ہندین یا وادی نیبر اخبارن تہٕ رَسالن منٛز چھاپ سپدی تہٕ واریاہ ریڈیو کشمیر تہٕ ریڈیو مظفرآباد پیٹھٕ نشر تہِ گئے۔ واریاہ کال گوم سوچان زِ یم افسانہ کرکھ کتأبی شکلہِ منٛز محفوظ۔ وٕں ییلہِ ژھانڈ دِژم واریاہ أسی رأوی مٕتی۔ تاہم یمہٕ کأشری ۲۸ افسانہ اتھِ لگی تمن ہنٛز سونبرن چھِ قارٕینِ کرامن ہندِس خدمتس منٛز پیش۔ وومید چھ زِ یمن پیٹھ ییہِ ریڈیو، اخبارن یا رِسالن ہندِ ذریعہٕ تبصر کرنہٕ تاکہ آیٔند افسانن منٛز ینن کوتأہی دوٗر کرنہٕ۔ یَمو علاوٕ چھِ مے واریاہ عالمی اہمتکی افسانہٕ کأشری پأٹھی ترجمأوی مٕتی تہِ۔ اِنشاء اللہ یمن ہنٛز سوٗنبرن تہٕ ییہٕ فی الحالے شایع کرنہٕ۔

خلوٗصہٕ ہوٗت

عبدالغنی بیگ اطہر

# قوربانی

تمی پرٕ چِھ ہمٔز صرف گوڈِنچ سطر، ڈبکس کھاجن گینٛز تہٕ تِلمہٕ تِلمہٕ گرِتھ
ترأوِن ژھوٹہٕ ڈبس منٛز۔ پتہٕ گرِن ڈبکس تھپھ تہٕ ئُچ کیاہ تام سوچنہٕ۔ "مےٚ چھُ
یوٗتے پے زِ مےٚ چھُ ژٕےٚ ستی والہانہٕ محبت۔ امہِ کتھِ نِش چھس بہٕ بے نیاز زِ اَسہِ
دون گوٚھیا زانہہ میٛل، ژٕ چھکھ امیر مالی سنٛز کوٗرتہٕ بہٕ اکھ غریب ماسٹر۔
اما پوٗز چون، عزم، نِڈرتہٕ حساس آسُن چھم سخ خوش کران تہٕ بہٕ چھس پانس اندر
تِمے اوصاف پادٕ کرنک متمنی"۔ یمہٕ کتھہٕ آسہٕ تس بار بار ذہنس منٛز گوٗنجان۔

بڈِ گرچ خوشوٗنۍ نڈر، بے باک تہٕ ذہین کوٗر آسنہٕ موکھ اُسی تس ہتہٕ وادِ
آسن والین ہندی رِشتہٕ یوان مگر تمہِ اُسی ساری رِشتہٕ ٹھکرأوی متی۔ تس اُس صرف
شہرِ کس امیر زادس ستی پھوٚل وانٛجہٕ کل گنیمُت یُس حال حالے پایلٹ اوس
بنیومت۔ یتھے تمی ہندِ طرفہٕ رشتہٕ آفرٕ آو ژٕ، سو گیہِ یکدم تیار۔ وونۍ اوس اکہِ دوہہِ
ریٚتی کھاندرتہٕ سپدن وول۔

پرٕس ییلہِ کرکٹ ڈاونس دوران فوٗجیو ہندس اکس ہمسایہ سنٛز کورِ ستی نا
شائستہٕ حرکت کرٕ، کورِ ہندو گرِ کھوٗ، اُشناوٕ دیا نکھہٕ پھیکو منٛز کوٗرنہٕ اکی تہِ احتجاج

کرنگ جوٚرتھ۔ تمہِ دوہہٕ اُس سوٗ گنی یوٗسہٕ ڈنڈٕ ہیتھ فوجی ین پتہٕ دوریہ تہٕ ییٚمہ گنی
زنہٕ فوجی کیمپس برونہہ کنہِ دَرنہٕ دیُت، یتھ پیٹھ پتہٕ سوٗرے گام تس پیٹھ ناروناگو زِ
پانہٕ تہٕ گلہِ تہاسہِ تہٕ زالناوِ۔ مگر سوٗ آسنہٕ اتھ مخالفس سنان تہٕ روٗز ہر ہمیشہ گامہٕ
والین تہنزِ بے غاٗرتی پیٹھ لعنت سوزان۔ سوگیہِ واریاہہ لٹہِ موقدمس تہٕ اسمبلی
میمبرس نِش تہِ فریاد کِ زِتم کرِن زنانن خِلاف سپدن وألس اتھ ظلمس خلاف محاذ
کھڑا۔ اماپوٚز تہند جواب اوس زِ اسہِ چھاپان مارِناون۔ امہِ واقہ پتہٕ سپدِ دوٚیمہِ لٹہِ،
پتہٕ ترییمہِ لٹہِ، پتہٕ بار باریں، مگر سورُی زاحتجاجس منز گنی۔

کھاندرس اُسی ووٚنی کُڑتام دوہ باقی۔ تیاری اُس زورِ شورِ سان
چلان تہٕ سوتہٕ اُس خوش۔ آسہِ ہانہٕ کیاز تس اوس ناپنہٕ نِس من پسند ہیٚر وہس ستی
میوٚل سپدن وول۔ سوٗ اُس نہٕ وبڑھان تہٕ گنہِ تہٕ انتظامس منز اُس سارِنے ہُندِ
کھوتہٕ آور۔ امی دوہ شامس آیہٕ وُچھان وُچھان آرمی گامس منز وہراونہٕ تہٕ اعلان
سپُد زِ ساری مرد سپدن عید گاہس منز جمع۔ سُہ کوٚہند مجال اوس زِ حکمِ عدوٗلی کرِ ہا۔
ساری گے جمع تہٕ زنانہٕ روزٕ گرِ ہے منز، مگر سو پھیر گرِ پتہٕ گرِ تہٕ کجن سار بے زنانہٕ
سمجاوی سمجاوی نبر تہٕ سوٗ مبرا وِ بن پنہٕ نِس آنگنس منز، ییٚتہٕ تمن بے خوف بنہٕ نک تہٕ
ظلمس خِلاف سینہٕ سپر سپدنک جوش اُلج دِنہٕ۔ اُتھی اندر آیہٕ فوجین منز اکھ چھوکھ

اَپاّری تہٕ سیٚو دُوے ژاہِہ یہنٛد گرٕ۔اورٕ دراہہِ رٔژھی کھنٛڈی پتہٕ کینہہ گولہِ ہتھ۔ زنانن ژنش وأتِتھ پرٕژھہکھ، ”یہ مکان کس کا ہے؟“ سوٗ ژھ یکدم، ”میرا ہے، کیوں کیا بات ہے؟“۔ ”تم ہمارے ساتھ آفیسر کے پاس چلو، ہم نے تمہارے مکان سے یہ سامان ضبط کیا ہے“۔

”ارے کیا بکتے ہو، ہمارے گھر میں سامان کہاں سے آیا جو جھوٹ کا پلندہ کھڑا کرلیا“۔

”چلتی بھی ہو یا ہم گھسیٹ کر لے جائیں؟“

غرض موختصر نوک جونک کرنہٕ پتہٕ نیکھ سود کہٕ دِوان تہٕ باقی سارے زنانہٕ گیہ زمینہٕ شرٔ پتھ، کأنسہِ پھوٚرنہٕ دِتھ تہٕ۔ژھایہ ہٕلس تل واتنأوتھ آوٲ مس ستی تہٕ سے سُلوٗک کرنہٕ یُس اَمہِ بروٗنہہ تہٕ کأژہن زنانن ستی گوٗمُت اوس۔ اماپوٚز تمہِ کوٚرنہٕ دَم، تمہِ دِژ کریکہٕ، تیٚوتاہ تھدِ زِ زنانن کیہو مردن اندر گونعرہٕ۔۔۔تکبیر تیٚوتاہ تھدِ بلند زِ بدحواس سپدِتھ پیوٚ فوجین کریک ڈاون اَڈلیوٚ کٔترأون تہٕ ژلُن۔ یِتے یوت تہٕ بلکہ دورِ یہِ زنہِ موہنوِ گنہٕ تہٕ لورِاتھن ہیتھ تمن پتے۔ گوٗلی چلے یہٕ یمہِ ستی کینہہ مارٕ تہٕ گئے۔ اَوپتہٕ روٗدربتہٕ وادن یہ احتجاج جأری تہٕ سوروٗز پرتھ احتجاجس سربرأہی کران۔

پایلیٹ صأبس اوس اَز گرِ واتُن تہٕ پگاہ ژُمس اوس نکاح، یُمہِ کنۍ تھٕنڈِ گرِ زبردس ووسہٕ دروسہٕ اُس۔ انتظامس اُس اٰخری شکل دِنہٕ آمژ۔ حویلی اُس مہرنہٕ ہندی پٲٹھۍ پٲراونہٕ آمژ۔ مہرازٕ سُند استقبال کرنہٕ، کھیاونہٕ چاونہٕ، نکاح پرنہٕ خاطرٕ وکیلن ہُند چناو بیترِ چیزن ہندِ باپتھ اوس ڈِوٹی چارٹ تہِ بٲگرانہٕ آمُت۔ رأتی راتس اُس رنہٕ پاکے چلان، گلی کوچن تہٕ سائیبانن اوس زٕوٗل کرنہٕ آمُت۔ أتھی ژُری گٔشس منز پھوٗل گاش۔ حأج صأب آو نماز پٔرتھ تہٕ بیٹھ قرآن پرنہٕ۔ أتھی منز آیہٕ ٹیلیفونٕچ بِل۔ تِمی تُل فون تہٕ کیاہ تام بوٗزِتھ ترٲون دُبارٕ پتھر۔ اکہِ اتھہٕ کرِن وأنجہٕ تہٕ دوٚیمہِ اتھہٕ کلس تھپھ۔ عأرقہٕ ژھٹہٕ ژٔجس نیرِتھ تہٕ دُکرِتھ آو پتھر کٹھس منز دوٚتھ ہیٚرُتہٕ کینژن برِ نزبن منزٕ ے شہلیووسُہ۔

کائسہِ لوٗگ نہٕ پَیی زِ فون کوٚہنداوس۔ مہرِ نی گیہِ مأٲلی سُنٛدی مرنٕچ خبر بوٗزِتھے بے ہوش تہٕ کھانٛدر س گیہِ دُہی ژھیٚتے۔ منتظم تہٕ ذمہٕ دار سٟدی جمع تہٕ فأصلہٕ سپُد زِ یتھ مرحلس پیٹھ کھانٛدر ملتوی کرُن چھُنہٕ مناسب تہٕ مہرازٕ سنٛد بن گرِ کین پزنہٕ تامتھ اُمی افسوس ناک واقعٕچ خبر سوزِنی تاکہ تِم گژھن نہٕ دُکلہِ۔ اسہِ پزن کینٛہہ نفر حأج صأبنہِ کفن دفنہٕ باپتھ مُشخص کرِنی تہٕ بأقی روزن حسب معموٗل کھانٛدرٕچہِ کاروأیی ستی آوٕری۔

یِہأے کتھ گیہِ پاس تہٕ پٕرژھین ہندِ استقبال کرنہٕ باپتھ روٗدٕ کیٛنٛہہ نفر مُستعد۔ نکاح پرٕن والین اوس کاہ بجے واتُن اماپوٗز گاٛنٛٹا گاٛنٛٹا گوو گوٗھاں تہٕ آونہٕ کہنٛہ۔ اَمہِ سٟتۍ گیہٕ بیاکھ پریشانی لاحق زِ تمن آسہِ حاجٕ سٕنٛدِ مرنٛچ خبر وأتٕمٕژ تہٕ اوٚسے آسن دُکلہِ گأمٕتۍ۔ ییٛلہِ نہٕ ژور بجے تام تہِ کانٛہہ آو تہٕ فأصلہٕ آو کرنہٕ زِ ٹیلے فون گرِتھ پزِ نہ پتہٕ نِیُک وجہ پرٕژھُن۔ ٹیلے فون آو کرنہٕ تہٕ یمہٕ ساعتہٕ جواب آو، فون اوس مہرِنہِ تُلمت یُس اوٗ تام ہوشس منٛز آمُت اوٚس تہٕ حسبِ عادت پنُن حوصلہٕ رٲچھنٕچ کوشش اُس کران۔ ژیر گوٚھنہٕ رُکس وٕجہس در جواب اوس پایلٹ صأب یعنی پانہٕ مہراز کتھ کران۔

"مےٚ چھُنا صحأے حاجٕ صأبس عرض کوٚرمُت زِ بہٕ ہیکنہٕ یہٕ رشتہٕ منظوٗر گرِتھ۔ راتھ شامس لوٚگ مےٚ گرٕ واتہٕ ونُے پےٚ زِ لڑکی چھےٚ فوجن ہُنٛدی دٟسی داغدار سپٕزمٕژ، بہٕ چھُس اکھ یبز تہٕ وول شخص، یوٗھہِ لڑکی سٟتۍ کھانٛدر کٔرِتھ کُس بُتھ دِمہٕ بہٕ سماجس۔ مےٚ چھُ افسوس زِ حاجٕ صأبن چھُنہٕ وُنِستام یہٕ خبر توٚہہِ تام واتہٕ نأوٕمٕژ"۔ أتھی سٟتۍ ترٛ ووتمۍ فون پتھر۔ سُہ روٗز کیٛنٛژھا بٕرٛژِن رِسیور اتھس کیتھ رٕٹِتھ آسمانس کُن وُچھان۔ اوٚ پتہٕ ترٛ ووٗن بڑا اسن کھنگالہٕ تہٕ کوٚرُن گُستام نمبر ڈایل۔

"ہیلو! ماسٹر جی، بہٕ چھس طاہرہ، ژٕ لاگ جلدی پکھو۔ پٔنٕز ژوردوس ستی ہیتھ وات فورَن مہراز بٔنتھ سون، مےٚ چھُ ژےٚ ستی کھانٛدر کرُن تہٕ سُتہٕ وُنی۔ مخولہٕ زأنی زِنہٕ، چاۂنی ڈٕ ژے چھسےٚ سنجیدٕ گی سان وَنان۔ ژےٚ یُس خرچہٕ سوٗ ٹہٕ، کرایہٕ لگی، سُہ دِمےٚ بہٕ یُوٗ ری واتِہ نٕے........ ہملو بہٕ زتھہٕ، شےٚ بجے تام وات سون"۔

بہٕ ونتھ ترٛ ووُکھ رسیوٗر، اِوٕ پتہٕ آس تھدِ اُسن، زنہٕ آس مژر۔ اِو پتہٕ گیہٕ دوران مالی سٔنٕز قبرِ پیٹھ تہٕ اتھ نالہٕ موٗت گرِتھ ووٗ دُن سبٹھاہ۔ بہٕ گرِتھ آیہٕ تہٕ پیٹھ مہرِ نہِ تأنِس، باضأبطہٕ کوٗ رُن سازتہٕ سنگاریوٗ تام نوٗ وِمہراز ووت۔ مردلنہٕ گی ہنٛدی أمی واقعن بدلوو پتہٕ گامس نقشے، تتہٕ زنہٕ آونوٗ وُے گاش۔

---o---

# رِکھ

موختہٕ تہٕ ممبر جان اُسی ژوولپاُری وَہراُوتھ یمن مَستی گولاب، کوسم، ہی پوش، سزِ پوش، نُنہٕ پوش، مسول، اَچھِ پوش، داُن پوش، نسترن جُرِتھ اُسی یمہٕ یمن وارے دلنشین بناوان اُسی تہٕ آب زُلالس اندر اِستادٕ پمپوش تہٕ آبس اندر تھند عکس اوس ماحولس وارے حسین بناوان۔ رنگ برنگی جاناوار اُسی قسم وارمو کلین پیٹھ مسحور کُن بول بوش کران۔ ژوپاسے اُسِ پنڈالو پیٹھی رقص وسرودٕ کی نغمہٕ وُزان۔ عطر بیز واواوس ماحولس نال وٗلتھ تہٕ دودٕ کولہٕ تہٕ ماچھ کولہٕ آسہٕ نفسن واشٕہ بلی کران۔

سُہ اوس مرمرین تختس پیٹھ دراز جنتک حظ تُلان۔ ژونٕہ تہٕ دلیہٕ آسہٕ خدمتس پراران تہٕ حوٗرٕ آسہٕ پادن تہٕ ڈیکس مونہٕ تہٕ میٹھی کران۔ تہٕ سُہ اوس تس خُدایہٕ لایزال سُند حمد کران ییمی تس روزنہٕ خاطرٕ یہِ جنت الفردوس عطا کوٗرمُت اوس۔

یتھے اکھ پیالہٕ ہش چشمہٕ واجینٕ انتہائی حسین وجمیل حوٗرٕ خمہٕ منزٕ زمرد کسِ پیالس اندر مانچھ تس چاونہِ آیہِ، اَکھ ہاتفی گو ظاہر تہٕ کنہٕ پھسرار یہِ منزٕ لوگ جنتی ٕلیس وَننہِ، "حضرت! اَتھ عائش وعشرت کِس ماحولس منزٕ توہہ زانہہ ہور کُن، نظر

پیٚمو؟ اکھ نظراہ کرِ ونا اور کُن تہٕ"۔ مانچھ پیالس دکہٕ دِوان تٔل تِمۍ تحملی تکیہ پٔتھ کلہٕ تہٕ
دِژِن پتھ کُن نظر۔ اکہٕ زٕیچھِ رٕکھہٕ ستۍ اُسۍ جنتس زٕٹکر کرنہٕ آمتۍ۔ تہٕ اگریٚزی
ہأبتھ ناکھ، ملوکال شکلہٕ ہندۍ سز ووٗل اُسۍ نیزٕ تہٕ گورزٕ ہتھ لُکن اَپارِ یپور ترنس ٹھاکھ
کران تہٕ غلطی کرن والین زندٕ ے زالان، چمٕڑ والان تہٕ گنہٕ کران۔ اُشناو، بأے
بند، ماجہٕ گوٗبُرۍ، خاوند آشنہٕ، بأے بیٚنہٕ تہٕ یاردوس اُسۍ اکھأکس نِش ژھبنہٕ گڑھتھ
لأنہٕ اَپارِ یپور آہ وزأری کران۔ کتین اوس سِلہٕ تہٕ کتین ہارٹ فیل گوھان۔
بیاکھ سز ووٗل جماتھ اُس وَدَن والین اُسن پننۍ دِوان یازبوٗ ژتان۔ رٕکھِ اَپارِ یپور
نظر کرن والین آسہٕ اُچھ کوٗرنہٕ یِوان۔ تِمس پھٹ ترٕ گنڈٕ یٕ، گمہٕ سران گوس تہٕ ہاتھی
یس لوٗگ پرٕژھنہٕ۔ "یہٕ رٕکھ کمۍ چھے دِژٕموٕ تہٕ میأنس جنتس کمۍ گرھہٕ باگے۔ یہٕ
ہے میأنۍ زمین چھے تہٕ اَتھ چھلہٕ کرن وول کُس چھُ ستھ کلہٕ کرِتھ پأدٕ گومُت۔ یم
سز ووٗل کم چھ؟ جواب دِ، ہاتھی جواب دِ۔ مےٚ کیازِ نہٕ وُنیک تام پےَ۔ یہٕ کُس گٹہٕ
کار، یہ کیاہ تاوَن"۔ تِمۍ دِتۍ بتھس اتھٕ تہٕ لوٗگ لبلہٕ کرنہٕ، ہاتھی ین ووٗنس بڑٕ لجاجتہٕ
سان، "حضرت مےٚ چھُ بوٗزمُت زِ یہ چھُ توٚہۍ اشرف المخلقا توٗ کوٗرمُت۔ توٚہہٕ
چھنا خدا ین زبردس دسترس بخش مُت، توٚہہٕ چھنا عقل تھٔز آمٕژ دِنہٕ۔ خبر کیا مصلحت
آسہٕ ہسو، یم سز ووٗل تہٕ چھنا اشرف المخلوقاتے تہٕ یمن حکم دنہٕ اُلۍ تہٕ اشرف

المخلوقاتے تہٕ یمن چوب پوان، تم تہٕ اشرف المخلوقاتے"۔

"ژٕ۔ ژٕ کیاونان یہ بوہتان، اشرف المخلوقات کریا یہٕ، مےٚ کیاز نہٕ وُنیک تام پےٚ"۔ جنتی گو پریشان۔

"حضرت توہہٕ کتہٕ لگہٕ ہاپےٚ، توہیٚ آسو ناپنہٕ نس خابِ خرگوشس تہٕ عاشس ستی۔ یہٕ سپد وارِ وارِ۔ یہٕ آو تُہندی اتھہٕ کرناونہٕ، اماپوٚز توہہٕ رٔودنہٕ حبس۔ توہیٚ رٔودی وکتھ سرسری زٕوان"۔ ہاتفی ین دِتُس جواب۔

"مگر بہٕ دِمہٕ نہٕ یہ سپدنہٕ، بہٕ نُہناوِ یہ رٕکھ۔ بہٕ کرکھ یم ظالم سزوٚدول نیست ونابود تہٕ یہنٛدی آغہٕ رٕلاوکھ خاکس ستی"۔ جنتی ین وٕون جذباتن منز تتھ۔

"حضرت توہیٚ ہیکِونہٕ کہنہٕ کٔرِتھ۔ ریشم کیٛمس چھُ بہرحال پنہٕ نی گوژِ منز جان دِیُن تکیازِ گوژ چھےٚ تٕمی سوچنے سمجنے پانے پیر ہو"۔ ہاتفی ین سمجووُسہٕ مگر جنتی اوس جزباتن منز ڈُنہٕ تہٕ زسمہٕ ژاپان۔

"ہاتفی! میون حوصلہٕ مہٕ کرکم۔ میانہٕ نرِ چھےٚ پولادی، میون عزم چھُ آہن۔ مےٚ چھےٚ کوہن اکہٕ کرنچ ہمتھ، بہٕ نیرَے بہٕ کرِ یہ اندھیر ختم"۔

تٕمی تُج دَو تہٕ لوٚگ رٕکھ اپورترنہٕ۔ سزوٚدولو کرِہس گنہٕ، اما تٕمی سُند خوٗن رٔود توتہٕ بےٚ شونٛکھی پاٹھی رٕکھِ اپارِ یپورسائل کران، تتھ گٔس رُکاوِ ہے۔ خبر تمہٕ رٕکھِ ستی

آوا کانہہ ژھامٹاونہٕ کِنہٕ نہٕ، تہٕ ژھُنہٕ پٲے تکیاِ زِ تمہِ برونٹھے گوس بہٕ ہُشار۔

---o---

# دَم

وُنہِ آسہٕ ہن مسامسا رأژہنزٕ کاہ بجے مِوٕ، سانہِ ژٕنزٕ ہٕندِس بۆنی مِس براندس پێٹھ گٔیہِ کتھٕ کتھ۔ ٲُس تام اوس کس تام بے عار پأٹھی لایان تہٕ سُہ اوس وۄگٕرٕ وۄگٕر گٔرِتھ ونان، ’’توٚہی مأرِوے مگر گوڈٕ وٕنی توم مےٚ کیاہ قصور چھُ‘‘۔ تم أسی تس روبہٕ سِتی ونان، ’’دَم کر۔ ٹانگہٕ ٹانگ مہٕ لاگ‘‘۔ مِنٹن پانژن مرن حملہٕ دَمِل لگنہٕ پتہٕ آیہ بۆندقہٕ ٹاسچ آواز، اَوپتہٕ آیہ کینژون لۄکن ہندِ ژٕلنچ آوازٕ۔

مےٚ پُرژھ ماجہِ، ’’یہ ٲُس موٗرکھ، کیازِ موٗرکھ تہٕ کٔمی موٗر‘‘؟

ماجہِ دیُت مےٚ أسَس تھوٚپ تہٕ دوٗپُن، ’’دَم کر۔ ژھوپہٕ ہا ژھوپہٕ! وُنی ہا ییم تاوَن، وُنی کھسن ییم یئو رٕ‘‘۔

مےٚ دِژٕ شیشہِ دارِ کِنۍ نظر، ہمسایہ أسی سأری سأنی پأٹھی دَم گٔرِتھ صرف شیشہِ داروٚ کِنۍ یہ خوفناک منظر وُچھان۔ کربکھا چکھا ٲُس یہٕ گُنہِ کِنۍ۔ مےٚ تھوٚو وأنجہِ پێٹھ اَتھٕ تکیازِ مےٚ اوس دم گومُت۔ پھٹس آس تہٕ دِژٕم کربکھ، ’’ٲُس تام بے گوناہ موٗرکھ۔ خبر چھا کتھ وجہس پێٹھ موٗرکھ تہٕ کٔمی موٗر۔ تلا سأری تُلی توٚ وَدن کربکھ، تلا سأری دی توٚ نالہٕ، دیوٚ کانژھا بوزِ‘‘۔ مگر بۓ پوٚوہس گربأژٕ و پتھرٕ تہٕ دیُت

ہم اُسَس تھوٚپ۔

صُبحس نیٖکھ اُسۍ ساری گرباٗژرٕ ٹٕتھ تہٕ کوٗ رُکھ تلہٕ پٕڈی شلکھ۔شلکھ کرن واٗلۍ اُسۍ پرٕ ژھان،"یہ کٕم مورتہٕ کیازِ موٗرکھ،یہ چھُ تہندی اَتھٕ مارنہٕ آمُت،تکیازِ یہٕ موٗرکھ تہندی سےٚ براندس پیٹھ"۔ہمسایہٕ اٗنکھ رٕز گزرُتھ۔تمَو تُل قرآن زِ نہٕ بوٚز ٹاسےٚ تہٕ نہٕ ژُ چھ قتلس گوٚھان۔

---o---

# اوبروے

ڈائری ہُند بیاکھ وُرق پھِرِتھ گوٚمے تنہائی ہندِ بیٚیہِ احساس زِمےٚ اَسی پٔنٕنۍ سأری ستی بأج پننہِ نوٗ اَتھو دفن کٔری متۍ۔ مےٚ پُرٕ بیٚیہ سومأنتھرِ تہٕ جِنّن ہند بادشاہ گو یکدم حأضر۔ تمۍ پُرٕ وٕڑھ حسب عادت، ”حکم کٔرِو حضور، غولام چھُ حأضر، تہٕ مےٚ وُنٕس پھِر کہٕ ہتہٕ چانٹہٕ، بٔہ چھُس سخ پریشان۔ یوٗ دوٚے مےٚ زٕوٗنے چھُ تیٚلہِ چھِم زٕوٗنکۍ سنز کرٕنی تہٕ سٔنز کرنہٕ باپتھ چھُ ضرٗوری زِمےٚ آسن ستی بأج۔ مےٚ دِن ییٚمی آنہٕ پٔنٕن ہم سفرٕ اَنتھ نتہٕ دفناوٕ بٔہ پٔنٕنۍ لاش تہِ ستی باجن ستی پتہٕ روزِنہٕ خُدایہ سُند ناو ہیٚنہٕ وول کانہہ تہِ زمینہِ پیٹھ۔ میانہ مرنہٕ مَرِ خدا ے تہِ تہٕ زٕوٗن تہٕ آفتاب تراون گتھ کرُن۔۔“

”نہ۔ نہ حضور بٔہ دِمہٕ نہٕ توہہ مرنہٕ تکیازِ بٔہ تہِ چھُس زندگی ہنٛزِ اَمی ہانکلہِ ہُنٛد اکھ کوٗر۔ تُہندِ مرنہٕ مرٕ بٔہ تہِ تہٕ بہٕ چھُس نہٕ مرنہٕ خأطرٕ تیار۔ بٔہ نےٚ آسہٕ ہاتھ عالمس منز آسہِ ہا سارِوٕے خود کُشی کٔرِمٕتہٕ دنیا آسہِ ہا کرتام فنا گوٗمت۔۔

۔۔ہاہاہا۔۔“ تمۍ تروٗوز یوٗٹھ اَسن کھنگالہٕ تہٕ ستی پرٕ ژھُن،

”مگر ستی بأج کیازِ دفنأوی تھکھ تہٕ بیٚیہ کیازِ چھِکھ وونی ژھاران؟“

"تہِ ۔۔ تہِ چھٹنہٕ مےٚ پانس تہِ پےٚ ۔ مےٚ دِن سُہ فورن ٲنتھ، بہٕ چھُس دم پھُٹ گومُت ۔ مےٚ ہرگاہ زُون چھُو، تیلہ چھُم پنُن تقدیر بدلاوتھ توٲریخ لیکھُن تہٕ توٲریخ ہکہٕ نہٕ بہٕ ستی باوُجس ورأیے لیکھِتھ ۔ مےٚ دِن حاضر کرتھ نتہٕ دفناو بہٕ پنٕنۍ لاش تہِ ۔۔" مےٚ اُس پوٚر کتھ کرنےٚ زِتُمی ترو حسب معمول اُسن کھنگالہٕ ۔ کیاہ تام پوٚرُن تہ کُٹھ گوأندرٕ رِی کنز زاینڈی زانڈ ۔ ہنا گوٚہتھ گیہ سو حاضر ۔

سو اُس حدٕ کھوتہٕ زیادٕ مأری منز، وأنجہٕ منز تھاوٕنی لایق ۔ سو نازل رُگل اُس مےٚ بروٚنٹھ کنہ باشہٕ کران تہٕ مےٚ اوس طوطہٕ کلیومُت ۔ ہےٚ بنگ گرٕہتھ اوسُس بہٕ پنُن تصوُر یے وجود تہٕ سانتہٕ نتہٕ تُمس حوالہٕ کرنکۍ سنز کران ۔ مےٚ دِژ ڈایری تھ تہٕ لوٚگس کالہٕ حرفن منز اَمی سُند پےٚ ژھارنہٕ ۔ تمہٕ نیہٕ ڈایری میانہٕ اتھہٕ منزٕ مُہتھ تہٕ وُژھ، "ژٕ چھکھہٕ ڈایری لیکھان، کیاہ روٚوے؟ یادٕ وٚژٕ تُر گوٚھیا اچھرن منز قأدُ کرن ۔ ژےٚ چھے نا خبر زِ یادٕ وٚتر کہن کاغذن چھےٚ کیٚمی ووتھان تہٕ یم کیٚمی چھےٚ لیکھأری سندِس وجوٗدس ژٕدی تہٕ پریٚن کران ۔ کیٚمن ہندِس ات جتہٕ جوٗشس منز چھُو بچوٗر قأری تہٕ مارٕ گرٕہان ۔" تمہٕ ترأوۍ پنٕنۍ مُشک دار زُلف میانہٕ گردنہٕ اویزان تہٕ ڈیکس میوٚٹھ کران لجٕ وننہٕ، "یہٕ لگہٕ نہٕ کرُن لگےٚ ۔ یہٕ بوزِ گرٕہِ ملساوُن تہٕ یہٕ لیکھہٕ تہٕ گرٕہِ نُہناوُن ۔ پرتھ زندگی ہُند ژیوٚہ گرٕہِ گوڈنیک ژیوٚہ زانُن تہٕ پکُن پانس ۔

میانس وجودس اوس وونی نارگۆ ندٛمت تہٕ سوچہٕ محلکۍ تھم تہٕ دیوار اُسی میانین نظرن برونہہ کنہٕ وۄسی وۄسی تہٕ ژُسی ژُسی پیوان۔ اماپوٚز ڈایری ہندۍ ورق اُسی یمن محلہٕ خانن ہیٚیہ تہٕ برنزس منز تامیر کران۔ مےٚ گوگمہٕ سران وونمس "مےٚ چھےٚ ڈایری لیکھنۍ تہٕ توآریخ بناوٕنۍ۔ یہ چھُ میون کار۔ مےٚ چھُ پزٕ ریٚز راوُن تہٕ قومس اوبروے دیُن۔ مےٚ اَنہٕ ناوُمکھ ژٕ اَوے، مےٚ کراتھ رۄٹ، مےٚ کر رہبری، بہٕ لیکھہٕ توآریخ"۔

"وُچھ کوتاہ چور چھُکھ۔ پزر، اوبروے، کمہٕ شُری کتھہٕ چھُکھ کران۔ یم چھِ خیاٰلی لفظ محض لوغتن اندر۔ بےٚ مانہٕ اچھر۔ اوبروے چھ محض اکھ تصوّر تہٕ پزر چھُ صرف تہٕ زِسورٕے چھُ اپُز۔ خاٗر تر اوہٕ کتھ۔ یہ وتم ہستی باٗج کیا زِ دفنائی تھکھ۔ کُن کیازِ روُ دُکھ"۔

"ہستی باٗج؟ تم مکار، ذلیل، تم زٕ روٕ ہکھابہٕ۔ تمو ہے میانس سوچہٕ محلس نار دیُت۔ تم ہے گبہٕ بتھہٕ رامہٕ ہوٕنی درائے، تم زٕ روہکھ بہٕ؟"

تہٕ مےٚ متعلق کیا خیال چھےٚ"۔ تمہٕ پرُژھ

"ژٕ چھکھ موکھٕ پرتنی، ژٕ چھکھ شانہٕ وۄگنی، ژٕ چھکھ سبٹھاماٗری مُنز"۔ میانی گولاٰبی روخسارٕ ژٕ تمہٕ دوشونی اتھن منز تہٕ لُج مےٚ ڈیکس موننہٕ کرنہٕ۔ اَوپہ تہٕ وۄژھ

ہرنہٕ ڈالہٕ ٹلان اَسہٕ وُنہٕ چانٹہٕ، ''چارِ، نادانہٕ ۔ خاروون لیکھ بہٕ چانٛژ ڈایری پنٕہٕ نو اتھو۔ سونہٕ سندبو اچھرَ و۔۔ گوڈٕ وتم ییٚمہِ ساسہٕ رٕنگی دنیامنٛز اووے ناژٕے کریہٕنہٕ رنگہٕ ورآے بیٚیہ کانہہ تہِ رنگ اَتھِ''۔ تمہِ پرٕژھ ڈایری ہندٕ ورق پھران،

''مےٚ چھُ یہ رنگ پسند۔ یہ چھُ کریہٕنہٕ رآژہند رنگ اَتھ چھنہٕ زوال۔ باقی چھِ سأری رنگ ڈلان'' مےٚ دُتُس جواب۔ اسناہ ترآوِتھ اُئج سوبیٚیہ وننہٕ، ''کوتاہ سادٕ چھُکھ، کالہٕ موے چھنا چھوتان، کالہٕ اۆ برس چھنا نارلگان، کریہٕنہٕ رآژ چھنا صبحک نۆرٹۆپ چھۆراوان''۔

بہٕ گوس کۆل تہٕ لۆگُس تس تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ أمی سنٛزٕ سورمُلی چشمہ لجہ مےٚ حیاتک رازباونہٕ۔ میانہ سینگ قُمیُر گو یکدم زِندٕ، امارلۆگ گرایہ مارنہٕ۔ پتہٕ بخُش مس پٔین سورٕے داش نداش تہٕ آلوِمس سأرٕے ہٕنٛز سانتہٕ نتھ۔ سوچ، اتھٕ کھور، زبو، أچھ تہٕ دِل۔ سورٕے کۆرمس حوالہٕ۔

تمی سندبو سونہأرٕ اچھرو لیکھی متیٕ ڈایری ہندٕ ورق أسی نپہٕ نپہٕ کران تہٕ میون سورٕے اۆ ندپۆکھ گأشراوان۔ بہٕ اوسُس تہنٛزن ژھاین تہٕ گراین پوزا کران۔ تمی ہندی پوٕتلی گرِتھ تھاأوِم ژُوَتمن پیٹھ۔ مہجور۔ رسول میر تہٕ محمود گأمی سندبو شاروٕ ستی سجأوِم تسندی تصویر محلہِ خانہٕ کِمن دیوارن۔ پنہٕ وٕتھرن لیوٕ کھُم تمی سُند ناو۔

میأنس وجودس اوس ووٚنی نارگوٚ ندٕمُت تہٕ سوچہٕ محلکۍ تھم تہٕ دیوار اُسی میانین نظرن برونہہ کنہٕ ؤسی ؤسی تہٕ ژٕسی ژٕسی پیوان۔ اما پوٚز ڈایری ہندۍ ورق اُسی یمن محلہٕ خانن بیٚیہ تہٕ برزس منز تأمیر کران۔ مےٚ گوٚ گمہٕ سران ووٚنمس ''مےٚ چھےٚ ڈایری لیکھنۍ تہٕ توأریخ بناوٕنۍ۔ یہ چھُ میون کار۔ مےٚ چھُ پزٕ ریٚز راوُن تہٕ قومس اوبروے دیُن۔ مے اَنہٕ ناوکھ ژٕ اَوے، مےٚ کراتھ روٗٹ، مےٚ کر رہبری، بہٕ لیکھہٕ توأریخ''۔

''ژٕ چھ کوتاہ چور چھکھ۔ پزر، اوبروے، کمہٕ شُری کتھ چھکھ کران۔ یم چھہٕ خیألی لفظ محض لوٗغتن اندر۔ بےٚ مانہٕ اچھر۔ اوبروے چھ محض اکھ تصوٗر تہٕ پزر چھُ صرف تہٕ زِسوٗرے چھُ اپٕز۔ خأرترا ویہ کتھ۔ یہ وتم ستی بأج کیاز ژِ دفنأنی تھکھ۔ ٹُن کیاز ژٕ روٗ دُکھ''۔

''ستی بأج؟ تم مکار، ذلیل، تم زٕ روٕ ہکھابہٕ۔ تموہے میأنس سوچہٕ محلس نار دیُت۔ تم ہے گبہٕ بُتھہٕ رامہٕ ہوٗنی دراے، تم زٕ روٕ ہکھ بہٕ؟''

تہٕ مےٚ متعلق کیا خیال چھےٚ''۔ تمہٕ پرُژھ

''ژٕ چھکھ موکھ پرتینی، ژٕ چھکھ شانہٕ ووٚگنی، ژٕ چھکھ سبٹھا مأری مُنز''۔ میأنی گوٗلأبی روخسارٕ رٕ ژٕ تمہٕ دوشوٕنی اتھن منز تہٕ لٕج مےٚ ڈیکس موٗنہٕ کرنہٕ۔ اَوپتہٕ ؤژھ

ہرِ ننہِ ڈالہِ ٹلان اَسہِ وُنہِ چانٹہِ، ''چارِ، نادانہِ۔ خاُرووں لیکھ بہِ چاُنی ڈایری پنہِ نو اتھو۔ سونہِ سندیو اچھرَ و۔۔ گوڈِ وتم یمہِ ساسہِ رٔنگی دنیامنزِ اوے ناژے کریہنہِ رنگہِ ور اُے بیہہ کانہہ تہِ رنگ اَتھِ''۔ تمہِ پرُ ژھ ڈایری ہندی ورق پھران،

''مے چھُ یہ رنگ پسند۔ یہ چھُ کریہنہِ راُ ژہند رنگ اَتھ چھنہِ زوال۔ باقی چھِ ساُری رنگ ڈلان'' مے دُتس جواب۔ اسناہ تراُ وِتھ لُج سو بیہ وننہِ، ''کوتاہ ساد چھُکھ، کالہِ موے چھنا چھوتان، کالہِ اوٚ برس چھنا نارلگان، کریہنہِ راُ ژ چھنا صبحک نوٚرٹوٚپ چھوٚراوان''۔

بۂ گوس کوٚل تہِ لوٚگس تس تھلہِ وُچھنہِ اُمی سنزِ سورمُلی چشمہ لجہ مے حیاتک رازباونہِ۔ میانہ سینگ قمیر گو یکدم زِنہ، امار لوٚگ گرایہ مارنہِ۔ پتہِ بخش مس پُنن سوُرے داش نداش تہِ آلوٚ مس ساٗرے پنٕنی سانتہِ نتھ۔ سوچ، اتھِ کھور، زنو، اُچھ تہِ دِل۔ سوُرے کوٚرمس حوالہِ۔

تمی سندیو سونہاُری اچھرو لیکھی متیٖ ڈایری ہندی ورق اُسی نپہٕ نپہٕ کران تہِ میون سوُرے اوٚ ندپوٚ کھ گاُشراوان۔ بہ اوُسس تہنزن ژھاین تہِ گراین پوزا کران۔ تمی ہندی پوٚ تلی گرِتھ تھاُوِم ژُ وَتمن پٹھ۔ مہجور۔ رسول میر تہِ محمود گامی سندیو شاروٕستی سجاُوم تسندی تصویر محلہِ خانہِ کمن دیوارن۔ پنہٕ وُتھرن لیوٕ کُھم تمی سُند ناو۔

تمہِ رأ ژاوُسُس بہٕ تمی ہسند بن عنبرین زُلفن رِگندنس ہستی آوُر۔ مےٚ اُسِ سأرِے ساتٕنہٕ نتھ لتس بخش ہوٕتہٕ سوٲس پٔنٕز ہسلی وُٹھ میانہ گردنہِ منز پیوست کُرِتھ موٗنہِ تہٕ میٹھی کران۔ اُتھی اندرا لاگ تمہِ پٔنٕز تیز دند میأنس ہُٹس۔ بہٕ گوس رتہٕ دأوی۔ وونی اوسُس بہٕ ئتس تل پھُستھ ژھرٕ دِوان۔ اُتھی اندر پیہٕ مےٚ ہنگتہٕ منگہٕ سومأنتھرِ یاد۔

جنن ہند بادشاہ گو حاضر تہٕ تُسی اتھِ گنڈ ناوبم اُمس پوٚت مژٕہ۔ اَمہِ اوس نقلی بُتھ لوگمت۔ ژکہ اُس سورانٹس۔ برابر تو چھے تتھی میأنی تم ہستی باج اُسی یم مےٚ اُکہِ اُکہِ دفناوی۔

''کوتاہ ساد دراکھ'' مأنتھرِ وول جن وڈتھ مےٚ کُن، ''وِہی بدلأوی بدلأوی چھے یہ پھِری پھِری یوان مگر ژےٚ چھے نہٕ زانہہ فکرِ تران۔ ژکہِ چھکھ ژٕ بیقل۔ خبر اُمس منز کیاہ چھُ ژےٚ یوت باسان زِ پھِری پھِری چھِہس پٔنُن داش نداش آکہٕ وان''۔

مےٚ ڈزوأنج مےٚ گرسو محل خانہٕ رِکس اُنہٕ دیوارس منز بند۔ اوٚپہٕ تہٕ دِتم محلہٕ خانس پنہٕ نبو اُتھونار۔ نارٕ ہستی گیہ تھزِ روپہ تنہٕ ژٕنہِ موٗنگر۔ مےٚ تُلی تمی سندی اسرکھ تہٕ تھأوِم کولہِ بٹھس نزدیکھ اُکس کھوڈس منز ڈوٗ برأ وِتھ۔

پتہٕ توٚ رُم فکرِ زِ بٔے یوت اوُسُس تہٕ بیقل، تکیا زِمےٚ پتے آولکہٕ ہجوم یمَوتھ دوبس اَستان کھور۔ تہٕ شیشہٕ المارِ مٔز بندتمی ہندِس ڈٔ دی متِس لاشس اُکھ سجدٕ کرٕنی۔

---o---

# خاب

ماہِ رمضان اوس۔ لوکچہ عیدٕ اَسی وُنہِ اَتھ دوہ۔ بابہٕ تہٕ مأج اَسی جنگل گامتۍ۔ بینہِ ٹاٹھ اَس مکانس ژوچہ تھران تہٕ تاوِ پٹھ تمن گوٚمتھان ییمہِ ستۍ سأری سپنہٕ مشکلہٕ دار اَسی پھیری ءتۍ۔ تمہِ دیُت مے دودس منز ٹھوٚل رلاوتھ تہٕ مے چوٚ ٹِکٹھ ٹِکٹھ کران سوٗرے دوٗدٕ گلاسہٕ۔ تمہِ موکلاوِ ژوچہ کرِتھ تہٕ وولنس بہٕ پانس ستۍ گانس منز ییتہ گاؤ دوداوس ہیوٚن۔

مے اوس نیک وۄ ژھ سخ خوش کران۔ بینہ ٹاٹھ لُج گاؤ دود بینہ تہٕ مے رۄٹ وۄ ژھ۔ بہٕ اوسُس تس موٗنہِ تہٕ میٹھی کران۔۔ کشان، تہٕ پھش پھش دِوان تہٕ سُہ تہٕ اوس پۆن چوٗنٹھ میأنس بٔتھس ستۍ رلاوتھ مے پانہٕ نیار ہاوان۔ دود کھألتھ یوٚ رسماوارس تہٕ ترأوٗ ڈبہِ پیٹھ ژادٕ رشیرِ تھ تہٕ چاے ژوچہ ژادرِ پیٹھ شیرِ تھ لگی بابس تہٕ ماجہ پرارنہِ۔

گامہٕ وألی اَسی زِنۍ گیٖچہ، ءگچھ، نِکہٕ ہاکھ، شاجہ کن ہیترِ ہیتھ جنگلہٕ پیٹھ واپس وسان۔ اَسی دزِلیہ پنہٕ نِس بابس تہٕ ماجہِ بٔتھِ تکیازِتم تہٕ اَسی نزدیک وأتۍ ءتۍ۔ ماجہ وُچھس بہٕ دوٗری تہٕ اَبم گٔلی آلوان وننہِ،" ہتا لُج سیاؤِند تھ۔ ژٕ چھکھا ماجہِ

بتھِ درامُت ۔ وۄ ندمیا زُوٗ ۔ پکیوٗ پکیوٗ" ۔ تمہ ترٛ وو آنگنس منز زیُن تہٕ ہیٛتھ تھکھ دِنہِ ۔ بہٕ اوسُس ژھندس بُتھس کُن وُچھان یُس جنگلی سفر طے کرنہٕ کنۍ وو زلیومُت اوس ۔ اَتھ آسہِ نارٕ چاۓ ژووتھان ۔ ماجہ تہٕ بابن نیوٗس بہٕ وارِ وارِ پانس کُن تہٕ کرِی ہم موںہِ ۔ یہند بن ڈبکن ہیٛتھ اُسی عاٗرقہٕ پھیرِی موٗ جنگلی پاٗٹھی چمکان ۔ اَوپہٕ کھتی اُسی ہیوٚر تہٕ ژادرِ ہیٛتھ وہراوِ ژوچہ ۔ سماوار روٗٹ منز باگ ۔ ہیٛنہ ٹاٹھ لُج چاۓ پھرنہِ ۔

اُسی اُسی اسان تہٕ گندان مکایہ ژوچن ہتی چاۓ چوان ۔ ہا کہٕ زہس زہس اوس شاید سائنی ہے مُد وارس ہیٛتھ میچھِ لیہ اندر گوان تہٕ برونہہ کنہِ رکس ڈوٗنی کُلس ہیٛتھ اوس پوشہ نوٗل گاش پھولنہٕ ہیٛتھے بول بوش کران ۔ ہمسایوٗ اُس پوٗتی کوٗ کرنبر ترا اُوہٕ ہو ۔ تہٕ سرٛ کہ طرفہٕ چہ وارِ اوس کوہند تام وۄ ژھ ژامُت ، وارِ واجی اُس تس ہوٗل گنڈتھ ووہوان ۔

چاۓ موکلاوِتھ روٗتُس بہٕ بابن کھونہ تہٕ وۄنُن ماجہِ ، "عیذ چھِ وُنہ پانژھ اُٹھ دوہ ۔ گوٗ برس چھنا اَسہِ ژرارِ شریفہ ژھوگ کانسہ نیت گنڈہٕ ہو" ۔ موج تہٕ زن اُس اُتھی پراران ، سوٗ ژھ جلدی ، "اِدٕ کیاہ ترٛے ربتھ گۓ سکھران ۔ چھے ہے فرصت تہٕ گوٗ ھوٗ" ، ہیٛنہِ ٹاٹھِ ، تہٕ رئٹ کتھ تہٕ اُتی گوٗ فاصلہ زِصُمبس نیرٕ وسُلی ۔ کوٗ کُر ،

تۄملہٕ ترکھ، مصالہٕ بیترٕ آے کالے تیار تھاوِنہٕ تہٕ پگاہ صُبحس گراسہٕ نیٔرٕ ہیٔرٕ کوٗنٛز
ہمسایَن حوالہٕ تہٕ دراے ژۄشوے استان۔
اَستانہٕ گٔس مژآو، سہ چھمنہٕ وُنہٕ تہٕ مشان۔ تٔمِس ماُدانس منٛز ژول لاُ گتھ
رٕنٛن پاکہٕ وُن لگہٕ ارساتس منٛز میون لگہٕ ہندبن شربن ستی گندُن۔ ناُوِ دٕسُندِ مے
کھورِ ستی ژھوگ کاسُن تہٕ زنانن ہُند ونہٕ وُن۔ ماجہِ ہُند ٹاٹھ ہیتھ استانس گتھ
دیُن تہٕ ودان ودان خبر کیاہ منگُن، بابُن مے ریٔشِس اَتھِ کلس اتھہٕ ڈالناوُن،
تمِ سُند دعایہِ خاُر کرُن، راُتی راتس نعت گویی کرِنی۔ یم سارِے کتھہٕ چھم کالُک بتہٕ
یاد۔

صُبحس ییلہ اَسی خوش تہٕ خوشحال پاُٹھی واپس شہر واُتی، ماجہ تہ بابن نیوٗ فاُصلہٕ
زِنہٕ چھِ آمتی، چھُنا صلاح بیا کھ راتھ تہِ دموشہرس منٛزِ ے تہٕ یہ آتھوار گزار وبادام
وارِ، نشاطس تہٕ شالہٕ ماُر باغس پھیرتھ۔ چنانچہ پھیرِی اَسی دوہی دوہس باغن گٔس
مژآو۔

ترٛیِیمہ دوہہٕ دِگرس باُگی واُتی اَسی گرِ واپس۔ اکھ عجیب شادماُنی تہٕ
فرحت ہیتھ۔ شامس گودموموله مطاُبق سائنس آنگنس منٛز درُسی کرنک سنٛز۔ محلہٕ
چہِ زنانہٕ، بچہِ لوکچہ گیہ جمع تہٕ ٹولہِ، بناُوتھ لجہ عیدزرٛو وکرنہِ۔ تمہٕ آسہ رٛو وکران تہٕ اَسی

لوکٕہِ شُری اُسی تمن پٔتی کنِہ وانکہ لٹین یا پونٛہ لونچن گنڈ تراوان۔ یتھے تمہِ اکھ اَکِس زنِش علاحدٕ آسہ ہوان سپدن، تمن اوس درسہٕ لگان تہٕ آسہٕ وُکراونہٕ یوان تمہٕ آسہٕ گنڈ تراون والین ووہوان تہٕ یہِ ووہ ووہ اوس خوش کران۔ اُسی اُسی اُسان اُسان پھٹان۔ مگر یتھے میانہِ ماجہ پتاہ لگان اوس زِ یمہٕ چھےٚ میانہِ شانکہِ ووہوان، سوٲسکھ وادس واد کراَن یا اُس تمن ستی ژُوان۔ اُڈی شری اُسی رِگندان دروکان تہٕ اُڈی لالٹین گاشس سٕزِ لِنکس گندان۔

امہِ وِز اُسی اُسی اُتھی گل گوشس زِہنگہٕ منگہٕ گوتاس۔ مےٚ سوٗچ زِ بنگولہٕ ترووکھ تام۔ مگر سو اُس نہٕ کتھ۔ سٲنس برس تل اُسی ہاروردی لاَگتھ تہٕ بُتھس نقاب دِتھ ژور پانژھ زٔنی بندوق ہتھ۔ یمواوس میأنس بابس یُس ووِنی وری شیٹھ ہرٕ آسہِ ہافایر کوٚرمُت۔ سُہ اوس رٔتس منز گرِنی کران تہٕ موج اُس مےٚ پان وٗڈِتھ زنتہٕ بہٕ زٔگجی وُہر بٕڈ بٲل شُرا وُسس۔

مےٚ اوسنہٕ فِکری تران زِ مارن وول کُس چھُ تہٕ بابہٕ کیاز مورُکھ۔ دپان پولیس، فوجی، مجأہدتہٕ سپیشل فورس، تمام کرتا درتا ہو تہٕ بوٚندقس ستی وابستہٕ تمام افرادَو کریو واعلان زِتم کرن اَمہِ ممالک تحقیقات۔ یہ اعلان بوٗ زِتھ اوس سورُے گام ہے بنگ گومُت۔ تم چھِ کتھ کران وُنہِ تہٕ اکھأکس پرژھان، ''اَما تیلہِ کُمی مار

یوسہٕ‘‘؟ تہٕ یہٕ چھُس دوہے خاۓبی منزٕ ری یہ منظر ڈیشتھ ترہران تہٕ خاۓبی منزی یہٕ زانہٕ نٕچ کوشش کران زِ امابا بہٕ گٔی ماریو۔ تہٕ کیازِ؟

---o---

# گاشہ تارُکھ

سُہ آو مشدِ پتھ ژیرِ پہن۔ نازن اوسنس بتہٕ دانہٕ کُٹھس منز شیرتھ تھومت تہٕ پانہٕ اُس پنہٕ نمن دون بینمن ساوان۔ اکھ بینہ اٲسس واٲرِ شنِٕ تہٕ بیا کھ وری تارٕ وانسہِ۔ لوکچہ اُس دودٕ بوتل ہونگنہ تل تہٕ اُس ژہہ ژہہ دِوان۔ بجہ ہشہِ اٲسی خابہ منزِ ظُہر افرستہٕ گندِان تکیا زِ سو اُس نندرِ منزٕ ے گرا اَسان تہٕ گرا بوم چاران۔ نازٕ اٲسکھ تنگ اَنتھ شاید وَدِنا وٕمژ تکیا زِ تہندس خوشوٗنس بُتھس پتھ اٲسی اٲش قطرٕ وُنہِ تہٕ تُنی۔

سُہ اوس زَزبُڈ، یہوے وری شیتہٕ مرٕ۔ سُہ ژاو گوڈٕ سیوٗ دُے دانہٕ کُٹھس منز، اَتھ پُٹھر اٲوِن سأندرِ منزٕ ے۔ چُھمنِ اَنن برونہہ کُن تہٕ ہیوٗتُن بسم اللہ کرُن۔ مگرٕ ستی گوہنگہٕ منگہ تھوٗ دٕتھِتھ تہٕ چُھمنِ ہیتھ ووت شوٗنگن والین شُربن نش۔ تس پییہ نازٕ نمن ماٲزِ گُلین کُن نظریم دُپا سے وہراٲوتھ اٲسی تکیا زِ تمی سنزن دوشوٗنی مژھن پتھ آسہٕ تہنزٕ دوشوے بینہِ شوٗنگِتھ۔ تٲمس پییہ نازِ نس گُلرنگ رویس کُن نظر تہٕ باسیوس زن تہٕ اوس ژودٲہمہِ زوٗنہِ اوٗش وانہٕ ستی گرہنہٕ مُتھ لوٗ گمُت۔ تس آیہ اٲشی گگلاے۔ پتہٕ ژاو اوٗش ووتھر اٲوتھ واپس دانہٕ کُٹھس منز تہٕ بتہٕ چینی تھاٲون واپس ٹھان دِتھ

یوِوسہٕ‘‘؟ تہٕ بہٕ چھُس دوہے خاًبی منزٕری یہ منظر ڈیشتھ ترٛہران تہٕ خاًبی منزی یہٕ زانہٕ نٕچ کوشش کران زِ امابابہٕ گٕژھِ ماریوٕ۔ تہٕ کیازِ؟

---o---

# گاشہ تارُکھ

سہٕ آو مشدِ پیٹھ ژیری پہن۔ نازن اوسنس بتہٕ دانہٕ کُٹھس منز شیرتھ تھومت تہٕ پانہٕ اُس پنہٕ نِمن دون بیٚنِمن ساوان۔ اکھ بیٚنہٕ اٲسس وٲری شِنزِ تہٕ بیا کھوری تارِ وٲنسہِ۔ لوکچہ اُس دودِ بوتل ہونگنہٕ تل تہٕ اُس ژِہہ ژِہہ دِوان۔ بجہ ہشہِ اٲسی خابہ منزی ظُہر افرستہٕ گندِ ان تکیا زِسو اُس نندرِ منزٕ ے گرااسان تہٕ گرابوم چاران۔ نازٕ اٲسکھ تنگ اٲنتھ شاید وَدِ ناٲوہٕ تکیا زِ تہندس خوشونس بُتھس پیٹھ اٲسی اٲش قطرٕ وُنہِ تہِ ژُئی۔

سہٕ اوس زَزیُڈ، یہوے وری شیتہٕ مرٕ۔ سہٕ ژاو گوڈٕ سیوٚ دُے دانہٕ کُٹھس منز، اَتھِ پٹھر اٲوِن سائندرِ منزٕ ے۔ چُھمنٕ اٲنن برونہہ کُن تہٕ ہیوٚتُن بِسم اللہ کرُن۔ مگر ستی گوہنگہِ منگہٕ تھوٚ دٕ تِھتھ تہٕ چُھمنٕ ہتھ ووت شونگن والین شُربن نش۔ تس پیٚیہ نازٕ نِمن مائزِ گُلین کُن نظر یم دُپاسے وہراٲوتھ اٲسی تکیا زِ تمی سِنزن دوشوٕنی مرٕھن پیٹھ آسہٕ تِھنزٕ دوشوے بیٚنہِ شونگتھ۔ تِمس پیٚیہ نازٕ نِس گُلرنگ رویس کُن نظر تہٕ باسیوس زنتہٕ اوس ژودٲہمہِ زوٗنہِ اوٗش وانہٕ ستی گریہنہٕ مُتھ لوٚ گمُت۔ تس آیہ اٲشی گگلاے۔ پتہٕ ژاو اوٗش ووتھراٲوتھ واپس دانہٕ کُٹھِس منز تہٕ بتہٕ چینٕ تھاوُن واپس ٹھان دِتھ

طاقچس پیٹھ۔کانگرِ کرِن ژالن تہٕ تمٲ کی ڈبہٕ تہٕ جچیر ہتھ دراوڈبہِ پیٹھ۔

تمی دِژ گوڈٕ اَسمانس کُن نظر یتھ کالہٕ اوٚ برن نال اوس وۄلمُت۔ سُہ روٗد واریاہس کالس نبس تھلہِ تھلہِ ژھان زنتہ اوس کیاہتام ژھانڈان۔ پتہٕ تروٗن ووشاتہٕ لوٚگ ملہ سبحان نہِ ننزِ کُن مُدے گنڈِتھ وُچھنہِ، یوس اوترَے ڈاینامایٹ لاٚگِتھ نابودٲسکھ گرٕمُت۔ اتھ اوس وُنہِ تہِ دٕہ ووتھان تہٕ خبر کُمس فِکر یاد کرنہِ اسمان کھسان۔

دپان یِہندِ اوس کُمی تام بتہٕ کھیومُت۔ تَوے کوٚر ہس فان۔ مگر ریڈیوہن وٲنی خبر زِ گولین ہندس تبودُلس منز لوٚگ اَتھ ننزِ نار۔ اَما گولبٕ ستی کِتھٕ کُنی لگہِ نار، یہِ اوس تہٕ کٲنسی فِکرِ تران۔ اَز تام چھُ بوزمُت یُتھٕ زِ گولبٕ ستی چھِ انسانس زٕ دی گڑھان۔ مکان وکان ہیکن نہٕ ژٕتھ۔

اتھ ننزِ منز ٲسی ملہٕ سُبحانہٕ زٕ نچوی۔ ژٕتھ گیہ تمن دوشوٕنی ژٕنہِ موٕنگر مگر ریڈیوہن ووٚن زِ اَتہٕ ٲسی زٕ غارمُلکی دہشت گرد۔ گامس چھِ خبر زِ دوشوَے ٲسی نہ کُنہِ تلہٕ نہ پیٹھٕ، دوٚہی دوہس ٲسی لوٚکن ہندی بیت الخلا صاف کران آسان تہٕ یوہَے اوسکھ سبب روزی تہِ۔

ملہ سُبحانس اوس کُمی تام تکن گری خصوصی عدالتس منز کیس دٲیر کرنک مشورٕ

دیُت مُت یتھ دستی سماعتہٕ پتہٕ راتھے اوس فأصلہ تہٕ آمُت ۔ خصوصی عدالتن اوس کیس یہٕ وُنتھ خأرج کوٚرمُت زِ دوشوے لڑکہ چھِ اچانک نارٕ وأرکی دالتس منزاز جان گاٮ۪متی ۔ اتھ علاقس منز چھُنہٕ فوج یا پُلسہٕ طرفہ کانہہ تہٕ ریڈ یا مقابلہٕ سپدمُت ۔ امہِ دوہہٕ اوس ملہٕ سُبحان خاندارنٮ۪ن ہبتھ شہر ہسپتال گومُت ۔ دپھ غفار چاچس اُس بأنہٕ بأنہٕ خبر زِ کتھٕ گٮ۪ن آیہٕ مکانس پوڈر چھکنہٕ، کتھٕ گٮ۪ن گوٚنڈ ہس بورٕ دتہٕ ، کتھٕ گٮ۪ن دیُت ہس نار ۔ دوشوے لڑکہٕ اُسی زُو بچاونہٕ باپتھ داربو۔ کٮ۪ن ووڈہٕ ہیوٚان دِنہٕ ۔ مگر ، کتھٕ گٮ۪ن آے تم واپس نارس اندر دأرتھ دِنہٕ ۔ غفار چاچس آسہٕ وُنہٕ تہٕ تمہٕ چکہٕ کنن گوٚھان تہٕ وأنجہٕ اوسُس تلواس پھیران ۔ تمی وٮ۪نیو تقریبن پرتھ اُکس تہٕ یہٕ تمہٕ وِزِ واقعہ سپدتہٕ شاید اُسس یہاُے شہمتھ ۔

اَتھ واقس اُسی گٮ۪ژتام دوہے گاٮ۪متی زِ راتھ کیُت ژایہ کوسہ تام جماتھ غفار چاچن گرٕ ۔ تس اوس کُنُے نیچو علی محمد یُس کتھ تام دفترس منز کیشر اوس ۔ اُمی سٕنز زنانہٕ میمونہٕ اُس ترٕہ وُرش ۔ یتھ گٮ۪ن باخلاق تہٕ نیک سیرت زنانہٕ ۔ اتھ ستی اوسُس خداین حسُن تہٕ بے بہا دیُت مُت ۔ علی محمدس آسہٕ خداین ترٕنے کورِ بخشمٕژ ۔ یوٚنچ کوٚراُس نازٕ، سداہ ارداہ وُرش خاندرس وأتھمٕژ ۔ اُمی ہیے اُس کتہ تام کھاندرٕچ کتھ کتھ چلان تہٕ علی محمد اوس پٮ۪تہٕ پٮ۪تہٕ کھاندرُک سامانہٕ جمع کران ۔

اَمہِ راٗژاُس میمونہٕ کورِ ہیتھ برونہہ کنہِ کِس گُٹھس منز شوٗنگتھ تہٕ علی محمد
اوس غفار چاچس ستیٖ ناژِ نس کھاندرس متعلق کیا ہتام بوز سوز کران۔ تام
گو درواژس ٹھُکھ۔ علی محمدن ہیٚو روودرواژِ تہٕ واریاہ نقاب پوٗش ژاے اندر۔ علی
محمدس آو حکُم زِ فورن کرِ یہند کھینہٕ چنٛگ تہٕ راتس ٹھٔہر اوکرنُک انتظام۔ علی محمد کتہِ
اَنہِ ہاژ سمہٕ تہٕ کرِ ہانکار۔ تِمو ترٲو تِمن وتھ تہٕ بیہناوِن اندرِمس گُٹھس اندر لٲزم دار
پژھن ہنٛدی پٲٹھی۔ کانگرِ تہٕ جَجیر تِمن پلہٕ نٲتھ گرِن خانہٕ دارِنی ہُشار تہٕ تس وۄنُن
تِمن کیٚت بتہٕ تیار کرُن۔

غفار چاچہ تہِ تو ریمن نش تہٕ ۄنی نکھ گرِ کی سٲری حالات۔ اکھتے ۄنی نکھ
ملہٕ سُبحان نہِ گرِ چ تہِ سٲرِ ے دلیل۔

نصف راتھ آسہِ ہاژِ بسترس اژنہٕ برونہہ موٗنگ یمو علی محمدس اکھ لچھ روپیہ۔
علی محمدس گو گوڈ مخولہٕ۔ تکیازِ تس اوسُے نہٕ زانہہ لچھِ روپیک تصور ذہنس منز از تام
وو تلیو مُت۔ مگر ییلہ ہمو بٔ ندوق ہووُس، تِمی کوڈ جل جل پُنٕن پاس بُک۔ تتھ منز
آسہٕ کُل بل ژور ہتھ روپیہ۔ یی اُس تس کُل بچت۔ سُہ وۄتھ قسمہٕ قسم کران زِ اَمہِ
علاوٕ چھُنہٕ مے نش کینہہ، پژھ نے چھُوٕ تہٕ تلاشی کرِو۔ ہُم تہٕ اُسی شاید اُتھی
پراران، چناچہ کینہہ ونہٕ وراٗیی لگی تِم الماربن تہٕ صندوقن ژھاٗنڈ دنہِ۔ یہِ کینہہ ہاتہِ

اتھ آکھ سوشُبر ووُکھ۔ دپھ نازنہٕ کھاندرٕ کی وس تہٕ وردن وُچھتھ روٗدنہٕ میمونس پانس
تام، تمہٕ دِژ کربکھ۔ تمو دِژتس اُسَس پنڈ تہٕ تارٕ کھاپور کُٹھ۔ یہ وُچھ نہ کانٛسہٕ زِ تتہٕ
کیاہ سپد۔ مگر تم نیرِتھ ییلہ علی محمد اپور کُٹھ تور، تمی وُچھ زنانہٕ ال ہش پتھر۔ تس اوس
ییزار کوٹھو بون یلے، اُسَس اُسس دٕج، اُچھ زٕ پھٹتھ دراہ تہٕ دوشونی موچھن
منزکس تام مرد سنزٕ مس کھیٚشہٕ۔

صُبحس آو گام ژٕستھ۔ غفار چاچہ اوس اُکی اُکی ہیے مُدَے گنڈتھ
وُچھان، زنتہٕ پرٕژھان اوُسَس، "یہ کیاہ، اَسہٕ کیاہ؟ مےٚ کیاہ کوٚر، یہ کمیک
سزا"۔ علی محمد اوس کربکہٕ دی دی ونان زِ قاتل چھِ مےٚ پننی۔ تم چھِ مےٚ ساری
ویٚدی، تم چھنہٕ نامولوم بلکہ چھِ مےٚ پننی بأے بند۔ تہندی پننی اولاد۔

دانا لُکھ اُسی تمن اُسن تھوٚپ دِوان تہٕ وَنان زِ یژٕ ہ کتھ مہٕ کرِو۔ بہتر گوو
ژھوپے۔ مگر علی محمدن کرٕ نہٕ ژھوپہ۔

اکھ راتھ گیہٕ منزٕ تہٕ خبر آیہٕ زِ علی محمد موٗرکھ مرگزارس پیٹھ یوٚت سہٕ خاندارنہٕ
فاتحہ پرنہٕ اوس گومُت۔

غفار چاچن تُجہٕ بیٚیہ اسمانس کُن اُچھ۔ اَتہٕ اوس کرٕہُن تہٕ گوٚن اوبُر۔ اَوپہٕ تہٕ
دِژن ملہٕ سبحان نس مکانس کُن نظر، اَتہٕ اُسی دٕہی لمبکھ دُنہٕ تہٕ اسمان کُن

کھسان ۔زنتہٕ کانٛسہِ فریاد کرنہِ گژھان ۔۔

غفار چاچس آو دُہی لمبکن کُن وُچھتھ ہنگتہٕ منگہٕ اُسن ۔تٔمی دِژ پاگلہٕ سندی پأٹھی اسمان کھسہٕ وٕنِس دٕہس کُن کربکھ، ''کولہٕ پاگل گومُت ،وٕچھ کوٚت چھُ کھسان ،کولہٕ پاگل گومُت ،کولہٕ پاگل گومُت ۔

---o---

# رشتہٕ

اکہِ ژٕندٕ رواٗرِ ووٗتُس بہٕ کرناہ تہٕ بیکہِ ژٕنداوارِواٗ ژیہ منحوٗس خبر زِ میون لوٗگُٹ تہٕ سارِوٕی کھوتہٕ ٹوٗٹھ بوٗے فاروق گووہنگتہٕ منگہٕ غاۓب۔ کرناہ پیٹھ عیال ہتھ واپس پھیرُن ہرگاہ ونٕدٕ کالس منز کٹھ رمرحلہٕ اوس، اماپوٗز تاب کتہِ روزِ ہیم۔ فاروقس منز اوس مےٚ زُوٗ، اَوَے درایم راتھ اُچھوکُنی تہٕ صُبحاٗے گوس روانہٕ پُلہٕ پاٗتو گنڈِتھ گرِٕژن۔ وتہِ کوسہٕ لڑٕ کرمےٚ موتس ستی، تہٕ زانہ میون پان تہٕ میون خدا۔ دوٗیمہِ دوہہ شامس ییلہ گرِ ووتُس، اَتہِ وُچھم محشر برپا۔ فاروقُن اوس نہٕ وُنہ تہٕ کانہہ پے پتاہ لوٗگمُت۔ موج تہٕ میون بیاکھ بوٗے انوراٗسی دوشوَے مرگہٕ نِس حالتس واٗتی ہتی۔ بہٕ وُچھِ تھیے ژھٕنگ مےٚ نالہ موٗت تہٕ باکہٕ ژھٹان لگو ونہٕ زِ فاروق رووتہٕ گنہِ چھنہٕ پے پتاہ لگان۔ امہِ پتہٕ روٗدس بہٕ اُکی ہیٕ زنگہِ پیٹھ سُہ گامہِ گوم تہٕ گرِ پتہٕ گرِ ژھانڈان اماپوٗز رتی ییلہ بہٕ مویوس گوھتھ گرِ ژاس، ماجہ ژبٕز۔ سواٗس تمہِ ساتہٕ سر بہٕ سجود جایہ نماز پیٹھ۔ ییلہ نہٕ تمہِ واریاہس کالس کلے تھوٗ دتھ، مےٚ تُج سو کومہِ، اماپوٗز سواٗس واٗصل بجق سپز ہو۔ اوہندمُرن اوس اسہِ باٗے بارغین ہندِ باپتھ ماگی سندِ مرنہٕ تہٕ فاروق نہِ راونہٕ پتہٕ بیاکھ خطرناک گاٗیلہٕ۔

أسی أسی یہ گأیلہِ تقریبن اکہِ ربتہٕ پیٹھ للہٕ وان زِ اکہ دوہہ وأتِھمےٚ راول پینجہِ پیٹھ ہنگتہٕ منگہٕ پنہٕ نِس أکس پوٚپھوی سنزٕ چِٹھی زِ باہٕبرِی زونہٕ فاروق ووت مےٚ نش وارٕ پأٹھی تہٕ سُہ رۄٹ مےٚ گری، سُہ رچھن بہٕ اولادٕ سندی پأٹھی۔ امہِ شِنٛچھہٕ ستی یوٚ دوٚے اَسہِ بٔے بارنٛن کریہنہٕ ماز ژھیٚون پوٚز وأنج کھٔو یوٚژھ زِ وارٕ کارٕ چھُ أکس ہمدردتہٕ رِتس رشتہٕ دارس نِش ووتُمت۔ امہِ پتہٕ روزٕ احد صأبنہِ تہٕ عأشہ نہٕ چِھ تقریبن پرتھ ربتہٕ یِوان یمن اندر فاروقنی خبر اترأس درج آسان۔ احد صأبن لیوٚکھ زِ سُہ چھُ فاروقس عأشس ستیٚ پھوٚل وأتِتھ تِمس جلدٕ ے پنٛن اولاد بناوُن وول۔ پتہٕ لیوٚکھُن یہ تہٕ زِ سُہ چھُ تِمی پننہِ سیمنٹھ فیکٹری ہُند مینیجر بنوومُت تہٕ جیپ چھنس کھسنہٕ تھأومٕژ۔ یہ تہ لیوٚکھُن زِ عأشہ تہٕ فاروق چھنہٕ برٛنٛزِس تہ اکھا أکس نِش الگ گژھان، دوشوے چھِ سیٹھا خوش۔ یہ تہ لیوٚکھُن زِ فاروق صأبس چھِ ہٹیاں تہٕ مظفر آباد پیٹھ راول پینجہ کیہوٚلو ہور تام سأری أشناوٕ ژندرٕ کی پأٹھی وُچھان۔ اکثر چھُ سُہ تہندس دعوتس پیٹھی آسان۔

فاروق روٗد واریاہس کالس پانہٕ تہٕ چِٹھِ لیکھان، اَسہِ بٔے بارنٛن تہٕ ماجہِ سلامہٕ سوزان۔ مےٚ دیُت نہٕ تس زانہہ تہِ باس زِ موج گیہ چاپنی ہہہٕ یتیمہِ عالمہٕ تکیاز بہ اوٚسُس بہٕ تہندس سوکھس لوٗٹھ پرٛژھان کرُن۔ فاروقس اوس عأشہِ حأصل

سپد تھ بۆ ڈلاس اتھ آمُت۔ تُہنز خوٗشی ستۍ اُس مےٚ تہٕ خوٗشی۔

یہٕ چھےٚ ژٔری داہ مرٕ پرأنۍ کتھ۔ أسۍ بۓ بارٕ نۍ تمن اُسۍ دوہن لوٗکٹۍ۔ بابہٕ اوس زِندٕ ے تہٕ اوس پرتھ شامس گرِ کِنِن بأژن پنہٕ نِن تربن بیٚنِن ہنز کتھ ٹلان یمہٕ قبائلی ریڈٕ برونہہ ہٹیاں، مظفر آباد تہٕ راول پینڈی باگنۍ آسہٕ آمٕژ تہٕ کشیرٕ ہندی منحوس تقسیمن تُمس نش ہمیشہ باپتھ ژھبنہٕ آسہٕ کرمژ۔ أسۍ أسۍ شوقہٕ سان تُہنز کتھ بوزان۔ کتھ کران اوس بابس اکثر دِگنہٕ اوٗش وسان۔

بابہٕ نہ مرنہٕ پتہٕ اُسۍ أسۍ اکثر براندٕ کُٹھس منز خلوق ہیتھ یمن نادید پوٗپھن، پوٗپھتربن باین تہٕ بیٚنِن مُتلق سونچان۔

دوہ گےٚ گزران تہٕ اکہ دوہہ ژاوہنگ تہٕ منگہٕ ڈاکہ وول آنگنس منز۔ تُمۍ پلناو مےٚ چِٹھۍ۔ یہٕ اُس راول پینڈی پیٹھ آمٕژ۔ اَسہِ کھوج یہ تہٕ پُرشوقہٕ تہٕ لولہٕ سان۔ یہ اُس سأنۍ أکۍ پوٗپھوی احد صأبن لیکھمٕژ۔ باقی کتھو علاوٕ اوٗسن یہ تہٕ لیوٗکھمُت زِ تس چھُ دون نفرن ہُند ویزا میوٗ لمُت۔ اکِہ رِتۍ وِلتہِ سُہ پننۍ کوٗر عأشہ، ہیتھ سون گرٕ۔ أسۍ گےٚ دوران یہٕ خبر ماجہِ نِش ہیتھ۔ آنن فانن لوٗگ تمام رشتہٕ دارن، ہمساین تہٕ لنگ لنجن پےٚ تہٕ سأری روٗدۍ ووٗنۍ تہندس انتظارس۔

خوداے خوداے کران پیےٚ تم اکہ دوہہ وأتتھ، سوٗرے علاقہٕ آو ژستھ۔

اُسی اُسی یہ گاٲلہٕ تقریبن اکہِ ربتہٕ پتہٕ للہٕ وان زِ اکہ دو ہہ واُ ژمے راول پینٛجہِ پیٹھ ہنگتہٕ منگہٕ پنہٕ نِس اُکس پو پھوی سنزٕ چھٹی زِ بانٛبری زوِنہٕ فاروق ووت مے نش وارٕ پاُٹھی تہٕ سُہ رٔوٹ مے گری، سُہ رچھن بہٕ اولادٕ سندی پاُٹھی۔ امہٕ شیٛچھہِ ستی یۆ دوَے اَسہِ بۍ بارٕنمن کریہنہٕ ماز ژھیٛون پۆز واُنج کھۄ یۆٹھ زِ وارٕ کارٕ چھُ اُکس ہمدرد تہٕ رِتس رشتہٕ دارس نِش ووتمُت۔ امہِ پتہٕ روزٕ احد صاٲبنہِ تہٕ عاٲشہ نہِ چِھہِ تقریبن پرتھ ربتہٕ یِوان یمن اندر فاروٕقنۍ خبر اترٲس درج آسان۔ احد صاٲبن لیۆکھ زِ سُہ چھُ فاروقس عاٲشس ستۍ پھۆل واُٹتھ تُمس جلدٕ ے پنٕن اولاد بناوُن وول۔ پتہٕ لیۆکھُن یہ تہِ زِ سُہ چھُ تُمۍ پنہٕ سیمنٹھ فیکٹری ہُند مینیجر بنوومُت تہٕ جیپ چھُنس کھسنٕ تھاوٕمٕژ۔ یہ تہ لیۆکھُن زِ عاٲشہ تہٕ فاروق چھنہٕ برٕ ثرِس تہ اکھاُ اکس نِش الگ گژھان، دوشوَے چھِ سٹھا خوش۔ یہ تہ لیۆکھُن زِ فاروق صاٲبس چھِ ہٹیاں تہٕ مظفر آباد پیٹھ راول پینٛجہ کیہٕ لو ہور تام ساُری اُشناوٕ ژٕ ندرٕ کی پاُٹھی وُچھان۔ اکثر چھُ سُہ تہندس دعوتس پیٹھی آسان۔

فاروق رٔو دوارِ یاہس کالس پانہٕ تہ چھِ لیکھان، اَسہِ بۍ بارٕنمن تہٕ ماجہِ سلامہٕ سوزان۔ مے دیُت نہٕ تس زانہہ تہِ باس زِ موج گیہ چانی ہہہٕ ییٛمہِ عالمہٕ تکیا زِ بہ اوُسس بہٕ تہندس سوکھس لٔوٹھ یژھان کرُن۔ فاروقس اوس عاٲشہِ حاٲصل

سپد تھ بۄ ڈلاس اتھِ آمُت ۔ تِہنز خوشی ستی اُس مےٚ تہٕ خوشی۔

یہِ چھےٚ وٚری داہ مرِ پرأنی کتھ ۔ أسی بیٔ بارٕنی تمن أسی دوہن لوٚکٹ ۔ بابہٕ اوس زِندٕ ے تہٕ اوس پرتھ شامس گرِ کِمن بأژن پنہٕ نِمن ترہن ہینٛین ہٕنز کتھ ٹلان یمہٕ قبأیلی ریڈٕ برونہہ ہٹیاں، مظفر آباد تہ راول پینٛجہ باءگنی آسہٕ آمٕژ تہٕ کٔشیرٕ ہندی منحوس تقسیمن تِمس نِش ہمیشہ باپتھ ژھینہٕ آسہٕ کرمٕژ ۔ أسی أسی شوقہٕ سان تِہنزٕ کتھ بوزان ۔ کتھ کران اوس بابس اکثر دِگنہِ اؤش وسان ۔

بابہٕ نہ مرنہٕ پتہٕ اُسی أسی اکثر براندٕ کُٹھس منز خلوق ہتھ یمن نادیدٕ پۄپھن، پۄپھترٕ بن باین تہٕ ہینٛین مُتلق سونچان ۔

دوہ گےٚ گُزران تہٕ اَکہ دوہہٕ ژاوہنکہٕ منگہٕ ڈاکہ وول آنگنس منز۔ تِمی پلنأو مےٚ چِٹھی ۔ یہ اُس راول پینٛجہ پیٹھ آمٕژ ۔ اَسہِ کھوج یہ تہٕ پُرشوقہٕ تہٕ لولہٕ سان ۔ یہ اُس سأنی أکی پۄپھوی احد صأبن لیچھمٕژ ۔ باقی کتھو علاوٕ اوسُن یہ تہٕ لیوٚکھمُت زِ تس چھُ دون نفرن ہُند ویز امیوٚلمُت ۔ اکہِ ریتی والتہٕ سہ پننی کوٗر عأیشہ، ہتھ سون گرِ ۔ أسی گےٚ دوران یہٕ خبر ماجہِ نِش ہتھ ۔ آنن فانن لوٗگ تمام رشتہٕ دارن، ہمساین تہٕ لنگ لبجن پےٚ تہٕ سأری رۄدی وونی تہندس اِنتظارس ۔

خوداے خوداے کران پیٚئے تِم اکہ دوہہٕ وأتتھ ، سورے علاقہٕ آوٗ ژستھ ۔

پند ہن وُہن دوٚہن ژھینگ نہٕ وَتھے۔ اَنگ اَشناو، یاردوس، مردِ کیہوٚ زنانہٕ، ساری آے ملاقات کرنہِ۔ سأنی پأٹھی اَسی واارِیاہ پنہٕ نین ژھبنہٕ گامتین اَشناون ہنز خبر اتر پرژھنہِ آمتی۔ اَسی ژٕری اَسی تمن تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ راوان زِپأ کستأنی کتھی چھ آسان۔

زیٹھوٚ بوے آسنہٕ کنی رودُس بہ زیادے پہن آوٚر۔ فاروق لوٚگ عاشس سِتی تہٕ اوُسس گامُک سوٗرے اوٗ ندپوٚک ہاوان، ییلہِ تہِ ژھانڈ ہون، گُٹھس یا براندس پٹھ بیتھ عاشس سِتی درباردأری سِتی محو آسان۔ تم سُہ اوس دانہٕ دوٚشوے اَسی ووٚنی اکھأ کر سندی سایہِ بنےٕ متی۔

اَتھی مصروفیتس سِتی گزریوو یہِ رَبتھ تہٕ۔ تموٗر واپس نیرنچ سکھر۔ تہنزِ واپسی کنی پھیوٚ رگرس زن ماتم۔ ساری لگی دِیہِ نہِ، فاروق زیادے پہن، پرتھ پانہٕ منٹہِ پتہٕ اوس ونان، "ٹاٹھیا! لالس ون عاشہِ تراوُن پیتی"۔ دپھ ژٕری کتھ گس مانہِ ہا، تم درائے اسہ سارِنے اشک ریز کرتھ۔ فاروق بنیوو تنہأیی پسند۔ نہ کانسہ سِتی کتھ نہ باتھ، فقط دِیان تہٕ اَنہِ گٹہِ گُٹھس منز بیتھ ژوٗ رِژوٗ رِاوٗش تراوان۔

مےٚ اوس نوکری ہُند ماملہٕ۔ زیادٕ کالس بنہِ ہیم نہٕ گری بہُن چنانچہ دراس پانژی دوٚہی ڈوٗٹی۔ یہ اَس ژٕندٕ روار تہٕ دوٚیمہ ژٕندرواریٕ اَژم فاروق نہِ غأب

گُوچھنٛچ خبر۔

اَمہِ واقہٕ پتہٕ دوٚ یہ وُہری وُژھ ملی ٹنسی ـ لٕڈکہٕ ژٕری چھوکوٗ چھوکوٗ اپور۔ میانہ ژوٗ رِتھاونہٕ باوجوٗ دوٗنی فاروقس تمہِ وِ ے لٕڈکوٗ منزٕ کمی تام ماجہ ہندِ مرنٛچ خبر۔

امہِ پتہٕ یمہٕ تہِ شیچھِ سہٕ سوزان روٗد، تمن ہند موضوع اوس بدل سہٕ اوس احد صابس کھاندرٕ کس مالس منزٕ اکہ ناوِ کھالان تہٕ بیٚیہ ناوِ والان۔ باسان اوس زِ تس چھنہٕ ووٗنی عاشس ستی دلچسپی تکیازِ تس پیٚیہ تیلہ پتٕن سوٗرے خونی رشتہٕ مشرٕ اوتھ پاکستان بُزی گژھُن ـ تس اسی بیٚیہ بأے کوٗ پاُٹھی یاد پیوان تہٕ پان اوسُس کنڈ بن پیٹھ محسوس سپدان ـ توے اوس مےٚ پرتھ ناَمس منزٕ اکأے کتھ لیکھان، " ٹاٹھیا! کینٛہ ہا کرتہٕ، بہٕ ترٕ ہا گرٕ ـ وأنج چھم پھٹہٕ نس آمٕژ"۔

فاروقنٛی خیالن چھےٚ مےٚ نِندرتام حرام گرٕ ہمٕژ ـ رأتی راتس چھُس سوچان آسان زِ کتھہٕ پاُٹھی تارن گرٕ واپس ـ سہٕ دراو بیٚیہ ژوٗ رِ، پاسپورٹک چھُنہٕ سوالے ـ تارن ہے ژوٗ رِ ژھیپہٕ، خبر مارٕ مار گژھ ـ ہنگہٕ منگہٕ لگبس دہشت گرد آسنٕچ لیبل ـ پتہٕ نہ صرف مارن تسی یِوٚت بلکہ زالن اَسہِ تہِ یہ جایہ پٕہر ـ یتھ چھکن گن پوڈر نتہٕ گنڈ نس بوروٗ د ـ اَماپِ ژھبکھ گس ـ ووٗنی ؤنی توبہٕ کیاہ کرٕ؟

# بُڈی لوٗکھ

سو اُس پرسنہٕ برونٹھ وار یاہ ہِ لٹہٕ اَتھ بستی منز آمُت تہٕ دوہ بُرتھ کالچُن اوسن اتہ واز وان چلان وچھمُت، مگر رس اوُسس اُتھی بنجاری بستی منز لوٗگمُت۔ اَتہٕ اُسس ہوٗچھ ژوٗٹ یڈ بُرتھ میلان۔ یئلہ پرسنگ وق نزدیک آس، تس پیو وازِ وان یاد تہٕ ناٹن ہند خوشوٗن مشک لوٗگس اُتھی گامس کُن لمہٕ کرنہٕ۔

اتھ بستی منز واتہٕ وُنے پیایہ سو۔ راتھا بچن پھاہ دنہٕ پتہٕ درایہ صُبحس آنہٕ ژھانڈنہٕ، تکیا زِ یوٗ تام نہٕ تس پننہٕ یڈ کینہہ پیٚیہ ہا، بن کتہٕ پھیرِ ہیس دود۔ تہٕ یوٗ تام نہٕ بن دود پھیرِ ہیس، شمن بچن ہُند پالانہٕ کتھٕ کنی کرِ ہا۔

سو پھیر دوٗہی دوہس واز چرٚو منزی۔ عارٕ بُرژوٗ وچشمو روٗز وازس تہٕ صاحبِ مائلکس وُچھان تہٕ منزی پنہٕ نمن بچن تہٕ پھیش دوان زنتہ تمن پننہٕ مخصوص زبانٔی منز ونان اُس، "ہتا بے عارو۔ تلا میانن بچن ہُندی تنوا انصاف۔ اَمالوٗ کہٕ ارساتھ ہےَ چھُ، میانہٕ قسمتہٕ چھنا اکھ پھوہرِ پھوٗل تہٕ۔ یُت ژھیوٗٹ ہے ہُران چھُ یہ کوٗت چھُ گژھان"۔

ہفتا گُزریوو تہٕ تس بنے یہ نہٕ سو ہوٗچھ ژوٗٹ تہٕ یوسہ تتھ بنجاری بستی منز ببہان

اُسس سوٗ گیہ سبٹھا لاغر۔ فاقہ ہٮ۪س بدنس شمن بچن ہنز ژ ہہ۔
مرن حالہٕ ییلہ گیہِ تہٕ اکہ دوہہ کوٚ رُن فاصلہٕ بچہ ہیتھ بنجاری بستی کُن واپس ژلنٕگ۔ اماپوٚز بچہ اُسس نہٕ وُنہ پانے پکنٕ لایق وأتی متی۔ سبٹھا کوشش کرے ین یم پکن ناپانے مگر تم ہیکی نہ پکتھِ۔ اُخر تلکن اکھا اُسس کبتھ تہ ترووُن دوٗر اکس کُلِس تل تہٕ آیہ دو ہیس تُم تلنہِ۔ ییٹس کالس اوس گوڈنیک بچہ کُمی تام تِلتھ نیوٗمُت۔ تمہ مُوہ زمین پاگل ہش گیہِ تہٕ ہورِ یورٕ ئج دورِ دور گُرتھ مُشک ہیٚنہ۔ اُخر کوٚ رُن بنجاری بستی کُن گرٕ ھنٕگ یرادے ترک۔ سورُوٗز بچن تھلہ تھلہ وُچھان۔ یم باقی اُسی تم اُسس بِن الاندی تہٕ یتھے کنٕ پیٚیہ تمن نتدٕ رتہِ۔ تس پیٚیہ اکہ مکانہٕ کس دروازس کُن نظر کُس تام اوس ژھیوٚٹ بتہٕ تھال ہیتھ گرٕ أندرٕ نیران۔ تمہ کوٚ رلوٚت لوٚت پان بچن رِنش آزاد تہٕ چ تس پتہٕ پتہٕ۔ رائے اُسس یہ تراوِ ژھیوٚٹ تھال کُنہ ژھوٹہٕ ڈیرس پیٹھ۔ مگر یہ شخص گو ژھوٹھ ہیتھ سیوٚ دے کُڈلس کُن تہٕ دِتُن یہ ژھیوٚٹ تھال کولہِ منز بُرتھ۔ آبس وژھِ چھکہٕ، تمہٕ کھوٚ اسمان تہٕ تس باسے یہ اسمانہٕ ترٹہٕ وسان۔ مویوس گرٕ ھتھ درایہ واپس تہٕ اتہِ وُچھن اُتھی مکانس آنگنس اندر وُنہ تہِ ڈُہہ ووتھان۔ تس رُوٗ دے نہٕ پانس تام تہٕ یا شاہ گرتھ تراوُن اُتھی مکانس دیوارٕ اندر دوٗٹھ۔ اُندرٕ ووٗتھ ہوٗلی ہائے۔ لُکن باسوٗ زِ سوٗزے سپدٕ موردار، تم دور

ترلوک سنگھ اوس بڑ رُت موہنیو۔ سُہ اوس اکثر اوپی پوسٹس پٹھ کھُسِتھ تہٕ دوٗربین لگاوِتھ اَتھ مقام کِس بازرس منز کیاہ تام ژھانڈان آسان۔ سُہ اوس اکثر مغموم روزان۔ تبدیل گژھنہٕ پتہٕ اوس أمی گوڈنچہ لٹہِ کیرنہٕ کِس تھاندارس ووندُک راز باوان ووٗنمت زِ تقسیمہٕ وِزِ ٲسۍ تمۍ سٕنٛز موج اپور تہٕ تمس اَس دون ؤری ین ہنز کوٗر تہِ کھونہٕ یمن ژتجہن ؤری ین اوس نہٕ اپارِ تو ہند کانہہ پَے پتاہ آمُت۔ دراصل چھُ ترلوک سنگھ بینا کیوٗلر ہتھ تمہٕ نے راتھ دوہ ژھانڈان آسان۔

میجر اشرف اوس اوبزرویٹری پوسٹس پٹھ دوٗربین ہتھ پانہٕ سرحدی لٲنہٕ رٲچھ، تکیاز زِ افواہ اُس طَیس پٹھ زِ اپارِ پٹھ چھےٚ دراندٲزی گژھان۔ شام اوس ڈولمُت تہٕ لوٗکھ ٲسۍ گاش ژھیوٗ رِتھ شوٗنگۍ مِتۍ۔ بنکرِ کِس أکِس گدِس منز اوس سٹین گن نصب کرتھ۔ اشرفن تُج بیٚیہ دوٗربین تہٕ دژن نظرا گزرا۔ أمس آو سرحدٕ یپور کُس تام بنکرس کُن پکان بوزنہٕ۔ أمی کھاج حسب معمول ڈبکس درٕہ تہٕ أچھ ٹکراوِتھ لوٗگ نکھٕ ینہٕ واجنہِ ژھایہ وارٕ وچھنہِ۔ تمۍ دِژ مخصوص فوجی اندازس منز کرِبکھ، ”ہالٹ“۔

اورٕ آو جواب، ”اشرف“۔

نادیدس کانہہ کتھ باتھ سپدنہٕ برونٛھے دِژ اشرفن سٹین گنُس تھپھ تہٕ ٹھس

ٹھس کران دراواَمہِ منزٕ گولہِ روٗد۔ ینہٕ وأنس گو بدنس پٔژ پریُن۔ رَتہٕ کولہٕ وَژھ
سرحد چہٕ رٕکھ نُہناوانِ کشن گنگا یہ منزتہٕ گنگ روز پٔژن کلہٕ ژھوٗپأ وتھ تیز ژلان۔

صُبحس آے واریاہ افسر تہٕ دراند اُزی ہنٛد بٔیول گالنس پٔتھ آو اشرفس
شاباش کرنہٕ۔ اَوپتہٕ گٔرکھ موردس جامہٕ تلاشی مگر تہند بن پلون منزلوٗ بٔکھ نہٕ کانہہ تہ
ہتھیار۔ اَتہِ اوس نہٕ جوسوٗسی ہندکا غذتہِ کانہہ۔ گوڈٕ گٔیہِ أمس نٔش اکھ بڈٕ پھُٹُجٕ برآمد
یوسہٕ اِمس سینس ستیٖ اٲس۔ یہ آیہ بڈٕ ہوشیأری سان کھولنہٕ۔ سأری افسر تہٕ ماتحت
اٲسی اتھ کُن بے تأبی سان وُچھان۔ دٔج کھولتھ دراو موم جامہٕ نوٚن تہٕ موم جامہٕ
کھوٗلتھ دراو ثوبوت کوُرٔیس جان پأٹھی تلنہٕ اوس آمُت۔ افسر کہو جوان اٲسی
حأران زِ یتھ جایہِ گولہٕ بورٕ دگوٚ ژھ نیرُن، تتھ جایہ دراوتٔلِتھ کوُر، اَما اَتھ منز کیاہ
راز؟ اَڈُو دوٗپ ہونہ ہوا تھ آسہِ زہَر رلأوِتھ۔ میجر اشرفن ترأو ماز لِشا اُسس تہٕ
دژنس ژاپھ۔ تس گونہٕ کہنز۔ یہ وُچھان دژٕ باقی فوجی یوتہِ کوکرس تھپہٕ۔ کینہہ کالا
مسخری گٔرِتھ گٔیہِ جامہٕ تلاشی بٔیہ شروع۔ سأری چندٕ سأرِتھ دراصرف اکھ فوٹو۔
اشرفُن ترأو فوٹو وَس کُن نظر۔ یہ اوس أکس اَڈوَرزنانہِ ہندفوٹو یَس کھونہِ اندر
لوکٹ بچہِ اوس۔ ماجہِ ہنزِ گردنہِ دوشوَے نٔرِ آلوتھ اوس اکھ لڑکہ تہِ کھڑا۔ دوشوَے
اٲسی شکلہِ تہٕ پلوَ وکنز بأے بارٕ نی باسان۔ میجر اشرفن نیوٗ باقی افسرن تھپھ دِتھ اتھہٕ

ترلوک سنگھ اوس برٛزُرت موہنیو۔ سُہ اوس اکثر اوپی پوسٹس پیٹھ کھٕسِتھ تہٕ دوٗربین لگاوِتھ اُتھ مقام کِس بازرس منز کیاہ تام ژھانڈان آسان۔ سُہ اوس اکثر مغموم روزان۔ تبدیل گوٚھنہٕ پتہٕ اوس اَمی گوڈنچہِ لٹہِ کیرنہٕ کِس تھاندارس ووندُک راز باوان ووٗنمُت زِ تقسیمہٕ وِزِ نٕح تمی سٕنز موج اپورتہٕ تمِس اَس دون وٕریین ہنز کوٗر تہِ کھونہِ یمن ژتجہن وٕرٕ ین اوس نہٕ اپارِ تو ہندکانہہ پَے پتاہ آمُت۔ دراصل چھُ ترلوک سنگھ بینا کیوٗلر ہیتھ تمہٕ نے راتھ دوہ ژھانڈان آسان۔

میجر اشرف اوس اوبزرویٹری پوسٹس پیٹھ دوٗربین ہیتھ پانہٕ سرحدی لٲنہٕ رٲچھ، تکیازِ افواہ اَس طیَس پیٹھ زِ اپارِ پیٹھ چھےٚ دراندٲزی گژھان۔ شام اوس ڈوٗلمُت تہٕ لوٗکھ اَسی گاش ژھئیو ٕرِتھ شوٗنگی متی۔ بنکر کِس اَکس گۆڈِس منز اوس سٹین گن نصب کرتھ۔ اشرفن تُج بیٚیہ دوٗربین تہٕ دِژن نظرا گزرا۔ اَمس آو سرحدٕ پور کُس تام بنکرس کُن پکان بوزنہٕ۔ اَمی کھٲج حسب موموٗل ڈیکس درٕہ تہٕ اَچھ ٹکراوِتھ لوٗگ نکھٕ ینہٕ واجنہٕ ژھایہ وارٕ وچھنہِ۔ تمی دِژ مخصوص فوجی اندازس منز کربکھ، ”ہالٹ“۔

اورٕ آو جواب، ”اشرف“۔

نادیدس کانہہ کتھ باتھ سپدنہٕ بروٚنٹھے دِژ اشرفن سٹین گنس تھپھ تہٕ ٹھس

ٹھس کران دراواَمہِ منزٕ گولہِ رۄد۔ ینہٕ وأ لس گوبدنس پۆپرٕیُن۔ رَتہٕ کولہٕ وَژھ
سرحد چہٕ رِکھہِ نُہناوانِ کشن گنگایہ منزتہٕ گنگ روزپٕھُن کلہٕ ژھوٚپأوتھ تیز ژلان۔

صبحس آے واریاہ افسر تہٕ دراندأزی ہنُد بٔول گالنس پیٹھ آواشرفس شاباش کرنہٕ۔ اَوپتہٕ گُرکھ موردس جامہٕ تلأشی مگر تہند بن پلون منزلوٚ بکھ نہٕ کانہہ تہ ہتھیار۔ اَتہِ اوس نہٕ جوسۄسی ہند کاغذ تہِ کانہہ۔ گوڈٕ گیہِ أمس نش اکھ بڈٕ پھُٹجٕ برآمد یوسہٕ أمِس سینس ستیٚ أس۔ یہ آیہ بڈٕ ہوشیأری سان کھولنہٕ۔ سأری افسر تہٕ ماتحت أسی اتھ کُن بے تأبی سان وُچھان۔ ڈٔج کھولتھ دراو موم جامہٕ نوٚن تہٕ موم جامہٕ کھۄلتھ دراو ثوبوت کوگُریُس جان پأٹھی تلنہٕ اوس آمُت۔ افسر کہوٚ جوان أسی حأران زِیتھ جایہِ گولہٕ بورۄ دگوٚ ژھ نیرُن، تتھ جایہ دراوتِلتھ کوگُر، اَما اَتھ منز کیاہ راز؟ اَڈبو دۄپ ہونہ ہواتھ آسہِ زہَر رلأوِتھ۔ میجر اشرفن ترأو ماژِلشا أسس تہٕ دژنس ژاپھ۔ لتس گونہٕ کہنز۔ یہ وُچھان دژٕ باقی فوجی یوتہِ کوکرس تھپہٕ۔ کینہہ کالا مسخری گرِتھ گیہِ جامہٕ تلاشی بیٚیہ شروع۔ سأری چندٕ سأرِتھ دراصرف اکھ فوٹو۔ اشرفن ترأو فوٹووَس کُن نظر۔ یہ اوس أکس اَڈوَرزنانہِ ہند فوٹویَس کھونہِ اندر لوکٹ بچہِ اوس۔ ماجہِ ہنزِ گردنہِ دوشوَے نرِآلوتھ اوس اکھ لڑکہ تہِ کھڑا۔ دوشوَے أسی شکلہِ تہٕ پلوٚ وکنز بأے بارٕنی باسان۔ میجر اشرفن نیوٚ باقی افسرن تھپھ دِتھ اتھ

منز فوٹوتہٕ لوٗگس تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ۔

سُہ گووُ چھان وُچھان لیوٗ دُر، اُچھ گیس نارٕ تِکھ تہٕ ہیٚرِ یوٗنہٕ درالیس پانس

عاٗرقہٕ ژھٹہٕ۔

تس ژٕج کُنی کربکھ نیرتھ، ’’بأے جانا! ہاے میأنی موجأے!!!

---o---

# خوٗن

جوگندر سنگھ گو وۄ چھٹی گزارنہِ گرِ تہ اتہِ لوٗبُن نہٕ کھِنۍ۔ اڑٕ ڈٕ دِس مکانس اَسی ژُوٗپا سے اڑٕ ڈٕ دۍ چیز چھکراُوتھ۔ کاوتہٕ ژرِاَسی ساَری ہے مکانس نال وٗلِتھ، نیٚدۄ د تہٕ چھکراونہٕ آمُت غلہٕ اَسی گپن کھوان تہٕ موٗ شتن چاروِاین اَسی ہوٗنی لہٕ لم کران۔ جوگندرس وُچھتھے آیہِ بڑٕ موجا تہٕ تس ڈبکس موٗنی کران ترٕ اُون تھدِ باکھ۔ جوگندرس اوس نہٕ کھنِی فکرِ تران تہٕ سوٗرے دنیا اوُسس نژان یِوان بوزنہٕ۔ تمۍ پرٕ ژھ بگریمتہٕ ہٹہِ بجہ ماجہ زِ تمۍ سندی شُری کتہِ تہٕ خانہٕ دارینۍ کتہِ چھےٚ۔ موج کتہ تہٕ بینٚہ کتہِ۔ تمہِ وۄن باکہٕ ژھٹان زِبلوس مژ گرِ کھۍ تمۍ سندی ترینشوے موصُم شُری تہ خانہ دارینۍ قتل تہٕ جوان اَن ہُرِش بینٚہ نی ہس اغوا کرِتھ۔ تمۍ سنز بڑٕ تہ بیمار موج دژا یہ تمۍ دوہہٕ ودان تہ رِوان پننۍ کوٗرژھا نڈنہِ۔ پتہٕ چھنہٕ پےٚ زِ تمہٕ ماجہ کورِ کوٗت واژ۔ بجہ ماجہ وۄن یتہِ جوگندرس زِبلوایوٗ دیُت ٹہندس مکانس تہِ نار۔ سوٗرے زولکھ اَندری مگر ٕقیمتی چیز نیکھ لوٗٹتھِ۔

مگر کیا زِ؟ اَسہ کیاہ کوٗر تمن؟ جوگندرن پرٕ ژھ بجہ تہ تمہ وۄن، "پوٗ ترٕ کینہہ چھنہٕ پتاہ یہِ سوٗرے گوٗ ہنگہِ منگہٕ، اماپوٗ زا کھ ژھاُ گلا کھوٗت ہُتھ جایہ پٹھ تہٕ لوٗگ

تِمن بُلوا این وننہٕ زِ یتھ جایہ چھون مکانہٕ چھُ، اتھ جایہ اُس ہنومانن اکہ لٹہِ ترلیش چھیمُت۔ اسلیے چھُ اتھ جایہ ہنومان مندر بناوُن۔ اکھُتے دوٗ پنکھ زِ یہ جاے چھےٚ موصم بچن ہندِ خونہٕ ستی گوڈٕ پاک کرٕنی۔

یہ بوٗزِتھ گیہِ جوگندرس اندرِم درندگی بیدار۔ اچھ گیس خونخارتہٕ خوٗن لوٗگس گربکہ مارنہِ۔ موچھِ زٕوچن تہٕ دراو پوٚت کھوری۔

پرانہِ بازرٕ چہ نہرِ پتھ اوس زیرِ تعمیر کدل وونی مکمل گومُت۔ موٚزوٗر اُسی لیبر ہٹ تراوتھ ژٔلی متی تہٕ اُتھی ہٹس منز آسہٕ یمہٕ ماجہِ کورِ زندگی تہٕ موتہٕ چہ لمہٕ لمہٕ منز گرفتار۔ نژل اُس نہٕ وونی سماجس منز روزٕنی لایق روٗزمُت۔ سو اُس خودکُشی کرٕنی یژھان مگر بُجہ ہُندوٚ ہِ وائے اوسُس وٲنج کوٗران۔ سو اُس نہٕ تس پتولاکن ہوٗنی بُزی تہِ کرُن یژھان۔ تِمس اوس کُل سرمایہ وونی صرف داہ روپیہ روزمُت یمہ ڈاکٹرس فیس دِتھ ماجہِ ہندِ ملاحظٕ پتہٕ بچیمت آسس۔ دپھ دوا اوسُس پنژٕہن روپین یوان۔ پتھ اوسُس بازرٕ کیو دوا فروشو وۄنمت زِ یہ دوا بنی صِرف شہرٕ، یُس اٲٹھ نو میل دوٗ راوس۔ تِمس اوس نہ کہنی فکرِ تران زِ کرٕ کیاہ۔ اتھ لیبر ہٹس منز کیتھٕ تراون موج کُنی ژٔنی، یتھ نہ دٲراُس تہٕ نہٕ بر۔ بیمار موج اُسس موتٕکی ژھرٹھ دِوان۔ تِمس روٗدنہ تاب، بسہِ ژھٔنِن لتھ تہٕ واٚژ شہر۔ سہل بٕنیوس زِ بسہ وٲلِس گیہ اُمس

کرایہ منگنٕو مِشتھ۔ تمہ ہیوٚت دوا واٗلس دوا تہٕ ژ جس ژھچھ دِتھ۔ سو اُس ووٗنی دوا کھٕیس سپنس ہتی دباٗوِتھ تِتھٕ پاٗٹھی کلہٕ ہون گن تراٗوتھ زنتہٕ دوا وول پتے اوسُس۔

تربن رتبن ہُندیُس تنخاہ جوگندرن خاندارنہِ حوالہ کرنہٕ باپتھ اوٗ نمت اوس، تتھ ساٗری ہیے رقمس اوس ٹمۍ وٗں اکھ تیز رفتار موٹر سایکل تہ پستول مُلی ہیوٚ تمت۔ تمۍ اَسی کینژنے دوہن اندر خبرٕ کتی ژھاٗ گو واٗلی ماٗری مُتر تہٕ پُلسہ اوس نہ تس گرفتار کرنس منز ہر گز تہٕ کامیاب سپدان۔

از اَسی جوگندرن پننٕی موصُم شُری بیٚیہ خابس منز وُچھی ہتی ۔ تہٕ اوس لوٚکہٕ ارساتھ تمن بلایہ دنگ سنز کران۔ سُہ اوس پاٗنس بازرس گن گژھن واجنہٕ بسہٕ پتہٕ پتہٕ موٹر سایکلس پٹھ دَوان تہٕ یِتھے یہ بس اَکس سُنسان جایہ واٗ ژ، تمۍ کوٚر رفایر۔ ٹاٗر پھوٚٹ تہ بس گیہ بہتھ۔ تمۍ ژھنی اکی ہٹہٕ بسہٕ پٹھ ووٚٹھ تہٕ دارِ پٹھے کوٚرُن قیامیک گولہِ اَرلبہٕ۔ خونہٕ فموار کھٕتی اسمان تہٕ تمۍ ترووپاگلن ہندی پاٗٹھی ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن۔ پانہٕ ژھنن موٹر سایکلس لتھ تہٕ ژوٚل۔ پرون بازرواٗ تتھ تروو تمۍ موٹر سایکل اَکس مسٹرٕی وانس منز تہٕ پانہٕ لوٚگ پھبز ارٕ دِنہ تکیازِ تس توٚر فکرِ زِ سی آی ڈی واٗلی چھِم پیچھا کران۔

گلی کوچو منزٕ کوچہ پھیر کٔرِتھ وٲتھ اُکرس اُتھی لیبر ہٹس منزٕ وڈھ، ییتہ اُمی ہؠونی فوجا اکس مُردیادِ زنانہٕ ہندس شؤس تانہٕ تانہٕ کڈان وُچھی۔ تمس پتہٕ بچہ ہندس اڈٕ ژٲپس بتھس پٹھ نظر، تس ژٔج کریکھ نیرِتھ۔ امی وِزِ پتہٕ امبولنس تہٕ وٲتتھ، یمہٕ اندرٕ پلسہٕ والو زٕملہٕ ہنز گولہٕ پرین ءگمولاش وٲج۔ اکہِ پلسہٕ وٲلی وؤن جوگندرس زِ اسہِ لوٗگ پتاہ زِ یمس لڑکی ہنز موج چھےٚ یتھ ہٹس منز روزان۔ ڈٕپی زبس یہ کوٗرِ تہٕ گیہ تمن پتہٕ ہن سوار بن ءستی مارٕیمن از صحاٗے اکی بے رحم دہشت گردن بسہٕ اندر گولہِ ارلبہٕ کوٗر۔ یہ گری زیون پتہٕ ماجہ حوالہٕ۔ اَسہِ چھےٚ جلدی تکیا زِ باقی لاشہِ تہٕ چھےٚ پتہٕ تمن وٲرثن واتہٕ ناونہٕ۔

جوگندر اوس وُنہِ تہٕ مبہوت تہٕ شینہٕ مُہل ہیؤہ کھڑا اُتھی دِژ بینہٕ ہندس رتہٕ دٲوی بتھس کُن نظر تہٕ ڈچھنس اتھس کبتھ وٕچھنس وُنہِ تہٕ دوا پھُٹج بند۔

جوگندرس نزٕ اچھ گیہ بیتہ اکہِ لٹہِ خونخار، ڈیکس کھوٗس درٕہ۔ تمی کوٗڈ پستول۔ اکھ گولہِ اَرلبہٕ کوٗرن زسمہٕ ژاپان تمن ژھاٗ گلن یہنزٕ ژھایہ پانس اندی اندی گتھ کران باسے لیس تہٕ اُخری گرٕ تام روندا این پتہٕ نس کلس۔

امہٕ پتہٕ کینژٕ دُہری آو ہنومان مندرس برابر تھی جایہ کُن تھاونہٕ ییتہِ نس جوگندرن مکانہٕ کرتام اوس تہٕ ووٗنی اُس یہ جاے دُجارٕ۔ مندرٕچ کُنی تراٗو ملکہٕ

حاکم اعلیٰ ہن۔ تقریر کران کۆرِ تِمہ ہمسایہ مُلکس نہیب زِسُہ ہیٚین سائنس مُلکس اندر دہشت گرد سوزنہٕ نش لۆب۔

---o---

# دُشمن

ہندوستانۍ پکِٹہِ نش دڑاس بہ سیٚو ڈُے۔ یو ہے دُپہر ہیوٚہ اوس۔ بنکر منزٕ وُچھ نہٕ مےٚ کہنٕز نیران۔ شاید أسی مٕژ نندرِ۔ یا ما آسہ ہن اِ موکھ بےٚ شوٗنکی پأٹھی بہِتھ زِننہِ گاشہِ گُس ماجہِ ہُند گوٚبُر کرِ بارڈر کراس کرنک جوٚرتھ۔ مےٚ اوس گُمہٕ سران گومُت تہٕ ریلہ ہندی پأٹھی اوُسس ژلان۔ بأے سہٕز صوٗرتھ أسم أچھن تل گتہٕ گیوٗرکران۔ شیٚچھ انن وألی اوس وۄنمت زِبأے صأب چھُ سخ زیر تہٕ خبر کتھ گرِ پراران۔

نیلم چھِ اتھ بستی اندر اوُسس نہٕ خدالیس ورأے کانہہ تہِ پژُن۔ نہ شُر مُرتہٕ نہ زنانہٕ۔ کشن گنگا یہ ہندِس اپأری مس بٕتھس اوس انٹروگیشن سینٹرس لرِ میأنس بأے سُند کوٹھ تہٕ یپأری مس بٕتھس پیٹھ اوُسس بہٕ بسان۔ وقتہٕ کیوٚ زیر گو اوس تس پاکستانۍ ناوتھوُومُت تہٕ مےٚ أسی ہندوستانۍ ونان۔ یہ کتھ أس نہٕ مےٚ زانہہ فکرِ ترٛاوٕ زِتس تہٕ مےٚ کیاہ فرق أس۔ أکی ہیہ مالِہ سندی، ماجہِ ہندی، الہٕ پلہٕ اکی شکلہِ، اکی دریاوِ چ ترٛیش چوان تہٕ اکی مرگہِ ہُند ہوا چوان۔ تیلہِ کیازِ اوس اسہِ اکھ أکس ژُن وُچھنس، کتھ باتھ کرنس تہٕ سمکھنس ٹھاکھ لاگنہٕ آمت۔ حالانکہ اسہِ اوس نہٕ پانہٕ

وأنی گنہ کتھِ پیٹھ نہ کانہہ تناز تہٕ ٹھوہر باُزی۔

شیچھ ونن واُلی اوس وۆنمُت زِ بوے چھے سخ بیمار، کوٹھس منز چھے گئے زۆن موتہٕ ژھرٕ ٹھ دِوان۔ بےٚ خودی منز چھ بار بار چوئے ناوہوان۔ شیچھ بوزِتھ گوس بہٕ بے قرار، اٚخر زرٕ ہاتہٕ کوتاہ، پکٹ ترأوتھ ووتس بہٕ اُتھ مقام، کس کٕڈلس تام۔ بس امہِ کدلہٕ ترِ تھے اوس سہٕ بسان۔ صرف اوس اُٹھن دہن منٹن ہُند سفر۔

مےٚ دژ ہورِ یورژۆرِ سندی پاُٹھی نظر زِ ۆچھان ماچھ کانہہ۔ موچھِ زِ وَچم تہٕ تاٗرم کٕڈلس دور۔ مےٚ آسہٕ وُنہ گرٕ تام لاپنے کجہِ موٚزِ کریکھ گیہِ، ''رُک جاو''! کھورِ تلہٕ ژۆلُم سوٗر نیرتھ۔ اُچھ تُجم تھوٚ دتہٕ طورِ واُلی زِ سپاہ اُسی مےٚ برونہہ کنہِ استادٕ سپدی متہٕ۔ اُکی ژٕھنی مےٚ نالس تھپھ تہٕ بیٚیس گن دکہٕ دِتھ پلناوان وۆتھ، ''ہندوستانی ہے۔ گرفتار کرلو!'' ۔مےٚ ژۆل وُدن نیرتھ تہٕ گلو گنڈان وۆنمکھ، ''نہ بہٕ چھس نہٕ ہندوستانُی ،بہٕ چھس نہٕ پاُکستانی تہِ۔ پیٚتھی گامس منز چھس بسان۔ ہُہ کیا کولہِ اپارِ کنہِ ہُتھ کوٹھس منز۔ ییکیاہ۔یتھ کوٹھس منز چھم کولہِ یپارِ بوے بسان''۔

''اچھا، ہُتھ کوٹھس منز چھکھ بسان، مانان چھکھ؟ ژٕ چھکھ ہندوستانُی تہٕ ہندوستانہٕ باپتھ چھکھ جوسوٗسی کرنہِ یورتوٗ رمُت'' ۔زِ ٹھی ہی وۆن۔

'' حضرت باخدا نہٕ کینہہ۔ بہٕ چھس نہٕ جوسوٗس، مےٚ چھُ کولہِ یپارِ

بوے تہٕ سُے چھُم سخ علیل۔ سُہ بوزُم چھُ ژتمی شاہ گنز ران۔ تس چھنہٕ مےٚ سوٲے بیٚیہ کانٛہہ۔ مےٚ دی توصرف أ کس گاٹنس تہندس شاندس پیٹھ بہنہٕ۔ ڈاکٹرس ما پیٚیم ہاوُن، یادوا پھلی ماپنن مٲلی ہینز۔ تریشہٕ دام مانگہٕ۔ باخدا خبر ہیتھ تہٕ جلد واپس۔ بلا یہ لگوٚ، مےٚ ترٲوی توٗنی کینہہ یلہٕ"۔ مےٚ لٲ گی ژھٹس ہیوٚس پلسہٕ واٲلس ہونگنہٕ اتھ، اماپوٚز دوٚیمۍ پلسہٕ واٲلی ترووُنم کلس بوٚ ندقہٕ ٹاس۔ مےٚ باسیوٚ سورُے کینہہ نژان۔ بہٕ نیوٚہس کھکھرٕ بنکرس اندر۔ تتہٕ اٲسی بیٚیہ تہٕ کینہہ سپاہ۔ تمن ییلہٕ وٕ نکھ زِ بہٕ چھُ ہندوستانٛی جوسوٗس، بس اِدمتہٕ پرژھی توتموٚ کس حالِ بد کوٚ رُہَم۔ مےٚ آیہٕ سختی کرنہٕ زِ بہٕ دِمہٕ بیان زِ بہٕ چھس ہندوستانٛی فوجُک جوسوٗس۔ مگر بہٕ کیاہ ونہٕ ہکھ، بہٕ کس کرٕ ہا جوسوٗسی، پننہٕ نسے بأیس ہا؟

پتہٕ آس بہٕ ملٹری ہیڈکوارٹرکس انٹروگیشن سینٹرس منز نِنہٕ، یُس میانٛی بأے ہندس کوٹھس لرِ لوٚ راوس۔ اَتہٕ تہٕ کریاوُ مےٚ واریاہن افسرن زارٕ پارٕ زِ زولانہٕ ترٲوی تھیے تہٕ ہتھکرٕ گرٕ تھیے نی توٚ مےٚ پننہٕ نِس بأے ہندِس کوٹھس کُن یتھ بہٕ اُتس بُتھ وُچھِ ہا، مگر کس؟

مےٚ آے نم تُلنہٕ، طنابہٕ گنڈنہٕ تہٕ تُوراٲ وِتھ اسٹری پانس لاگنہٕ۔ پتہٕ گرہم یڈ پیٹھ کھُتھ لتہٕ موٚ نڈ۔ بہٕ گوس بےٚ ہوش تہٕ بےخوٗدی منزٕ ے وُچھم بوے پانس نکھے

اُکس چار پایہ پتھ موتِنۍ ژھرتھ ڈِنان۔ یہِ منگان مےٚ تریلش مگر بۍ بریڈن منز بند، تریشہِ ہُند نہٕ اٚنڈۍ پکھی کانہہ نِشانا۔ مےٚ دیُت ہتھکرِ ہنزِ اکہِ تیز دارِ ستی پننہِ موٚھ کھش تہٕ تتھ دراو خون۔ یہِ خون رۆٹ مےٚ ڈٔچھنس اتھس منز تہٕ دراس یو ہے بااُلیس چاونہِ۔ مگر بریڈ آسنہٕ تھہندِس چاٗنٹس تام یہِ رتہٕ دوژھہ تہٕ واتناونہٕ دِوان۔

تٔمۍ دِژ زور کریکھ، "تریلش" تہٕ اٚتھۍ ستی لۆگس موٚتن ہیک۔ مےٚ ژٕچہ، خاب ہے منز کریکہِ نیرِتھ، "تاون پییے نو۔ فان گوٚھۍ نو۔ خدایہ سنز زمینِ کھۄنیہٕ ٹکرن منز بااُگرتھ۔ بوے کوٚرۄن بااُے سُند دشمن تیار۔۔۔" اٚتھۍ ستی گوس بۍ موٚہ نندرِ ہُشار تہٕ ییلہِ مےٚ اٚچھ مُوٗرِتھ گونژھل سیہن پتھ نظر پییہ، تم وُچھم سارۍ ودان۔ دۆپہم دارِ کنۍ وُچھ۔ بااُے سنز میت اٚسکھ جنازس واٚجھو۔ مےٚ ژھۆٹ ییہ باکھ تہٕ لاٗگی مکھ ہونگنہِ اتھ، "ہے بابو! مےٚ تراوۍ تو صرف پانژن منٹن۔ بۍ پرہا بااُلیس جنازٕ"۔

اکھ سپاہ دۆپتھ پتن اوٚش ووتھراوان مےٚ گن، "بابا اسہِ چھےٚ خبر زِ یہِ مرن وول چھےٚ ژٕے سخ بوے، مگر اٚسی ہکو تھ نہٕ ژٕ جنازس گن تراٗوتھ"۔ مےٚ دۆپمکھ، "توٚہی پرژھی تو پننہٕ نمن افسرن"۔ تورِ دۆپکھ، "تم تہٕ چھِ بے بس"۔

دۆپمکھ افسرن ہند بن افسرن ہییے تو اجازتھ، دۆپکھ تم تہٕ چھِ بے بس۔

دۆپمکھ، ''اۆ کہندس اتھس منز چھُ''؟

دۆپُکھ، ''تہِ چھُنہٕ اسہ پانس تہِ خبر''۔

---o---

# لاش

## (۱)

لاش گرس منز وارياه لاشہِ وُچھِتھ وۄن تمۍ امہِ کِس انچارجس حأران سپدِتھ، ''یِمہٕ لاشہِ کتہٕ چھوتوٚہۍ اَنان''؟ انچارجن دِتُس ٹالہٕ پُھٹہٕ جواب، ''سأری لوکھ ماچھِ زِنے ہی یا مێے ہی آسان۔ وارياه نیک لۄکھ چھِ زندٕ زُوَے وصیت تھاوان گرِتھ زِ تہندِ مرنہٕ پتہٕ گژھِ تہنز لاش، اَچھ یا وأنج بیترِ لاش گرس وقف تھاوِنٕ''۔

''مگر تم کیازِ چھِ یہِ کران''؟ تمۍ پرُژھ انچارجس کتھِ واش کڈنہٕ موکھہٕ۔

''تِکیازِ تم چھِ یژھان زِ تہندِ مرنہٕ پتہٕ تہِ گوٚژھ تہند وجود کأنسہِ بکار یُن۔ ڈاکٹر چھِ یمہِ نٕے لاشن پیٹھ تجربہٕ گرِتھ ڈاکٹری ہیٚچھان تہٕ لاشن ہندۍ تان بیمار لۄکن لاگِتھ تمن نۆ زندگی بخشان''۔ یہ بوٗزِتھ ترأو تمۍ کیاہ تام سوچِتھ دۆر بالہٕ تیغتألس کُن نظرتہٕ پتہٕ وُچھن بیٚیہ تمن درجن وادلاشن کُن یمن منز اڈبن سینہٕ چیرِتھ اوس تہٕ اڈبن اَچھ کڈِتھ۔ تمس ژٕج اَش ڈٕ دراے نیرِتھ تہٕ رژھ کھنڈ سند آرِتھ وۄتھ پُر اعتماد لہجس اندر لاشہِ گرِکس انچارجس ''لیکھ حض میون تہِ وصیت نامہٕ، بہ

تہٕ چھُس مرنہٕ پتہٕ پننۍ لاش یتھ لاش گرس وقف کرٕنۍ یژھان"۔ کاغذن دسخط کرِتھ رۆ دسہ واریاہس کالس پار کہِ منزاوِ یور کران۔ اَوپتہٕ آو بییہ انچارج جس نِش تہٕ وۆن نَس حضرت مےٚ چھُ بۆزمُت زِ تۆہیہ چھو لاش مٲلۍ تہِ ہیوان"۔ تمہٕ رٕٹ زنتہٕ انچارج جس ژۆر، سہ بانبریوو تہٕ وۆنُن، "نہ۔ نہ۔ ژےٚ کُمۍ وۆنۍ۔ مٲلۍ چھِنہٕ ہیوان۔ غلط چھےٚ بۆزمُت۔ وۆنۍ کُمۍ"؟

حوصلہ ہیوٚرٕ چھتھ وۆنُس تمۍ، "حضرت گابرٕنچ چھنہٕ ضرورت، مےٚ وۆن تمۍ یُس یور لاشہ کٕنہِ یوان چھُ"۔ انچارج جس پھۆرنہٕ کہنۍ۔ صرف وۆننس۔ "چون مطلب کیاہ چھُ"؟ ووٚن

"حضرت کہنۍ نہٕ۔ صرف چھُم ریٹ پرژھنۍ"۔

دوشوٕے ترووائُن تہٕ انچارج جن وۆنس اسان اسان، "ہتھ روپیہ تازٕ لاش"۔

(۲)

راُژھنزٕ باہ بجییہ، قبرستانک سوٚرے اوٚندپوٚکھ اوس سُنسان تہٕ سہ اوس گینتی تہٕ ہیلیچہ ہیتھ قبرستانس منز ژھییہٕ ژھاین گندان۔ ازاُسی زٕ ےنفر موٗدی متۍ۔ رحمان حاٗج تہٕ بریسی واتُل تہٕ دوشوٕے اُسی اُمی دفن کٔری متۍ۔ اکھٕتے اوس واتلو

یوٚ ہے جنازس امانت تہٕ کونوٗمُت ۔ حاٗجس اوس شُربو کالہٕ کالے قبر سیمٹھ کرِتھ تھۄ
پیوٚرتہٕ کھولمت ۔ قبرِ ہندِس شاندس پیٹھ دزٕوٗن نار اوس ووٗنی ژھیتہٕ تہٕ گومُت تہٕ
دوٗ رِ اوس وُنہِ زنانن ہُند ووٗن کنن گژھان ۔

تمی دِژ ژھنی کھوٗ رِ نظراہ تہٕ یا شاہ کٔرِتھ ووٗلُن قبرِ کھورن ہندٕ طرفہٕ گیتہٕ
دب ۔ گیتی گیہ خام سیمٹس تٔرِتھ تہٕ سہ بیوٚٹھ یکدم پانہٕ ژھالیہٕ ۂلس ، یہ وُچھنہٕ زِ
کانٕسہِ مابوٚ ز ٹاس ، یا کانہہ ما اوس وُچھان ۔ داہ پنداہ منٹ پرأرِتھ پیلہ تس پژھ
بیٹھ زِ کانٕسہِ تہٕ چھنہٕ تیمی ٹاس بوٚزی مُتی ، تمی لأج قبر کھنٕنی ۔ ووٗنی اوس زنانہٕ ووٗن تہٕ بند
گومت تہٕ لوٚکھ اُسی بتہٕ ژھئیو رِتھ شوٗنگی متی تہٕ ۔ گیتہٕ ہندی کینہہ زوردار دب پینہٕ ستی
گو سیمٹس ریزٕ ریزٕ تہٕ تمی لاجہ قبرِ ہنزٕ پچہ ڈالنہٕ ۔ تس اوسنہٕ اَنو رلتہٕ موگلو وارأے
کانہہ تہٕ وُچھان ۔ پچہ ڈٲلِتھ دِژن مدھم زوٗنہٕ گاشس اندر قبرِ اندر کُن نظر ، حاٗج
اوس تمی آیہ دراز یمہ آیہ راتھ تر وومُت اوسُن ۔ اماپوٚز چھِنس کفنس پیٹھ اُسی کیمی تہٕ
کریل ہورِ یور نژان ۔ پننہِ ٹوپہ ستی کیمی تہٕ کریل ہورِ یور ڈٲلِتھ کھوٗلی تمی کفنس
سأری گنڈتہٕ اکہ اندٕ دو یوٗ اتھو تھپھ کرِتھ کوٚرُن اتھ زوردار درسہٕ ۔ حاٗج آو ولکِتھ
دتھ لاینہٕ تہٕ کفن گویلہٕ ۔ حاٗج اوس ہتہٕ ڈوٗلُمت تہٕ نحیف مُژ کاہ موژ یومُت ، اَوے آو
ہوچھِ زنی ہر ہندی پأٹھی ہور لاینہٕ تہٕ ہتہٕ وادِ کیمی تہٕ کریل آے تہندِس بدنس پیٹھ

چھکراونہٕ۔ یوسہٕ کفنہٕ قمیض حاۍ جس ناٹی اُس، سو اُس تس گردنہِ ولنہٕ آمُت۔ تمہ تل کفنہٕ تہٕ دِنتھ کوٚرنس تاہ۔ تاہ کرِتھ تھووُن أکتھ کُن تہٕ اوس سونچان زِ یمو زہریلہٕ کیٚموٚ منزِ کِتھٕ کنۍ کھالن بہٕ حاۍج ہیٚور تہٕ ولتہٕ ناون لاش گر۔ دوٗرِ باسیوس شوٗنکار ہیوٚ تہٕ مزار مونجہ وُچھن ہلان ڈلان ہشہِ۔ تس پیو یاد زِ اَز چھُ جُمایِ مبارک تہٕ بلایہ تہٕ دریٹھاک چھِ از یلے آسان۔ تمۍ تُج کفنہٕ گنٹھر، گیٚنتی تہٕ بیلچہ تہٕ پوٚت کھوری ژُلتھ بیوٗٹھ ڈوٗنۍ گُلس أکس ژھایہِ۔ زوٗن اُس واریاہ ہیٚور کھوٚتمُت تہٕ چیز اُسۍ صاف لبنہٕ یوان۔ مزار مونجن ہندِ گہُلہِ منزِ تیزی سان بروٗنہہ پکِتھ گیہ یہ بلایہ ٹُنس ملگزارس منز ظاہر۔ یہ اوس اکھ جسیم تہٕ موٚٹ دروٗٹ ہگۍ یا ڈیُس حاۍج سنزی قبرِ کُن دوان اوس۔ قبرِ نش واتاٚنی ترٲو تمۍ اتھ اندر کُنۍ ووٹھ تہٕ ٹکہٕ نارن چھِھ دِتھ کوٚرُن حاۍج استادِ تہٕ نکھس لدِتھ دراو واپس مزار مونجہ گہلس کُن جریب جوراہ پکِتھ ٹھُہر یاوٚیہِ، کیاہ تام سوچتھ ترووُن حاۍج أتی پتھر تہٕ مشک ہوان پھیوٚر دُبارٕ واپس۔ قبرِ ہیوٗتُن بیٚیہِ مشک تہٕ مشک ہوٲنی لوٚگ تتھۍ گُلس کُن پکنہِ ییٚتھن سہٕ ژوٗرِ اوس بیہتھ۔

بلاے اُس پیوٚہ اَبت ناک زِ تس پھُٹۍ کوٹھۍ، وانہ گیس وُستھ تہٕ ژٕلنہ یا ڈلنہ ہکیتھے روزِس نہٕ۔ زوٗن برانتھ ترٲوتھ بیوٗٹھ سہٕ أتھۍ گُلس تل موٚتک انتظار

کرنہِ۔

(۳)

سُہ اوس اُچھ ترٛوٲیِتھ تتھ ژٕہس انتظار کران ییٚلہِ بلاے نکھہِ وٲتتھ تس ہرِس چھِپھ دِتھ تہٕ نکھس لٔدتھ توٚتےٚ نیہِ ہایوٚت سُہ حاجس پکہٕ ناوان اوس، تہٕ پتہٕ کھٔنیہِ ییس آرامہٕ سان۔ سُہ اوس پنہٕ نِمن موصوم تہٕ یوچھِ ہتمن شُرٕبن ہندسوچان زِمےٚ اوس لاش گرس پٔنٕز لاش دِنک فاصلہٕ کوٚ رُمت، دَپھ تہٕ گوم اَپرُٛ ے۔ بلاے اُس اُمہِ سےٚ کُن تیزی سان پکان تہٕ کینژن سیکنڈن منز اُس اُمس نکھہِ واتن واجتی۔ تس ژٔج کربکھ نیرتھ، لَااِلَاہَ اِلا اللّٰہ مُحَمَّدُرَّسُوْل اللّٰہ، تہٕ اُتھی ستی پیوٚ بےہوش گرٕھتھ پتھر۔

ییٚلہِ تس ہوش آو، تمی دِژ پانس اُندی پکھی نظراہ۔ پنہٕ نس ہُنس دِتُن پھشا۔ بلایہ اوس نہٕ تس ہوٚٹ کینہہ تہٕ رُٔ ٹمُت، سو اُس نہٕ اَپٲری کنہِ بوٚدِ ے۔ سو اُس حاج سنز لاش ہیتھ خبر کر دراہمُت۔ تمی دِژ پنہٕ نِمن پھیکین کُن نظراہ، سفید کفن اوس تاہ کرتھ تس نکھس پیٹھ تہٕ گینتی تہٕ بیلچہٕ اوس تس برونہہ کنہٕ۔

گاش اوس پوٚرٕ آمُت تہٕ مُشدِ وٲلی آسی مُشدِ منزٕ نیرتھ ملگزارچہٕ تارِنیٚبری موردن فاتحہ پران۔ تس پیوٚ ظون زِ ہرگاہ بہٕ لوٚکوکفن، گینتی تہٕ بیلچہٕ ہیتھ ملگزارس

اندرۄ وچھہس ، تانو کڈنم تہٕ کفن ژۄ رتھاونم ناو ۔ تمۍ تھاۄو ساری چیز کُلس ژھایہ تہٕ دم شہلاوان دراولوٚت لوٚت اتھ زِ تھوٚ دتلتھ زنتہٕ دُعا منگان قبرستانہٕ نبر ۔

اَکۍ مشدِ والۍ ووٚن بیٚیس ، ''اَکیا ۔ وُچھی تو ، نیک انسان گوسُبلہٕ جُو ۔ نصف راتَ ژۄتھِتھ چھُ قبرن نکھہٕ گرِ ھتھ موردن فاتحہ پران'' ۔

بیٚیے ووٚنُس واپس ، ''خدا دی تن ساری نی یتھے توفیق'' ۔

سُبلہٕ اوس اَچھ وُٹھ سوٗرے کینہہ بوزان تہٕ لۄکن اَندی نیرِتھ ییلہِ سہ گرِ ووت ، درواژُک کرِ چ بوزاَنی تجہِ شُر بو سُبلس کُن عارِ بُرِ ژِ چشمہ تہٕ پُرژھہس ، اوٚنتھا کانہہ چیز اہ ؟

سُبلن تراَوتھِ باکھ تہٕ آو پتھر لاینہٕ ۔ زنانہِ تہٕ شُر بو ڈُلو مگر سہ اوس شہلیومُت ۔

پتہٕ ییلہ محلہٕ والۍ تس قبرستان کُن دفن کرنہِ نِوان اُسی ، لاش گرِ کی کارندٕ آسے تحریر ہِتھ تہٕ نیکھ تہنز لاش یہِ وُنتھ زِاَمی اَس پننی لاش وقف تھاوِمو لاش گرِ باپتھ ، ییکیاہ چھوٕ اَہنز وُصیت ۔

---o---

# انتظار

آتھوار اُس تہٕ پروگرام بنیو دوہس کِشن گنگایہِ منز گاڑ رٹنک۔ گاڑ وأٹی أسی اَسہِ پتہٕ مہِ ہفتہٕ کشیرِ پیٹھٕ أنی متی۔ کشیرِ ہند لفظ بوٗزِتھ ماسوٗ چوتوٚہ زِ أسی ما أسی گنہِ دوپر مُلکس منز نہ سوچھنہٕ کتھ۔ أسی أسی کیر نہٕ یُس کشیرِ ہُندُے اکھ علاقہٕ چھُ، اماپوٚز ایکی لوٗکھ چھ اکثر ونان زِ أسی گوٚھو کشیرِ، یا یہ چیز اَنہٕ نوو کشیرِ پیٹھٕ۔ خبر تم کیازِ چھِ یہ ونان؟

خالہٕ صأب تہٕ نوٗرصأب روٗدی أرکس پلس پیٹھ تہٕ بہٕ کھوٚتُس ہناہیوٚر پہن تِکیازِ اَتہٕ آسہِ زیادٕ گاڑ۔ مےٚ تروو آبس وول تہٕ اپأری مس بٕتھس پیٹھ گےٚ نیلم بستی ہندی زٕ ژور شُری جمع تہٕ لگی خبر کیازِ مےٚ کُن عارٕ برٕ ژوأچھو وُچھنہٕ۔ پتہٕ آیہ مظفر آبادٕ طرفہٕ اکھ سوارِ بس۔ یتھ شاید کیل یا شاردا اوس گوٚژھن۔ پتہٕ ٹھٕہر یا یہ اپارِ کنہٕ۔ سوارِ وَژھِ یون تہٕ بٕتھس پیٹھ۔ یتھ لجہٕ ڈٔچھن کھووُر نظر دِتھ مےٚ سلیوٗٹ دِنہٕ۔ شاید اوسکھ پراہ زِ اوپی چوکہِ پیٹھ، ما آسہِ کانہہ وُچھان۔ مےٚ تہٕ دِژ ہورِ یور نظر گرتھ سلاما دأرتھ۔ پتہٕ گیہ سو بس تہٕ تہٕ تم شُری تہٕ۔ خبر کمن غوطن گوٚھتھ روٗدنہٕ مےٚ جسبے۔ امہ کتھِ ہُند احساس گوٚ مےٚ واریاہہِ کالہٕ ییلہ مےٚ وُچھ زِ گاڑ رٹنہٕ بدل

اوسُسس یہِ آبس چوب دِوان تہٕ خبر کیاہ کیاہ ونان۔

ژےٚ چھُیے یہِ ہمُو نیم ناو کوٚرمُت۔ نیلم پری، نیلم جوہر کنہٕ نیوٚل آب آسنہٕ کنی کوٚر ہے یہ ناو؟ یم چھی کشنِ گنگاونان یعنی کرشن بھگوان سُند دریاو۔ دپان چائنس آبس منز یُس سران کرِ، نرمل بنہِ تکیازِ یہ آب چھُ شاردا بھگوتی ہندیو کھوٚرو تلی نیران۔

اپُز، محض اپُز۔ سراسر دوکھ۔ ژٕ چھکھا پوٚتر؟ ژٕ چھکھا پاک؟ ہرگز نہٕ۔ ژٕ چھکھ عیار کشن گنگا!! ژٕ چھکھ گوناہ گار۔ ژےٚ بخشی نہٕ خدا۔ ژےٚ بخشوے نہٕ اَسی کاشُری تہِ۔ ژےٚ کربتھ اسہِ چھلہٕ، ژےٚ ژوٚ ٹھن بوے بأیس نِش۔ ژےٚ کوٚرتھن مول پوٚترس نِش جُدا۔ ژےٚ نی تھن بینہ بأیس مُہتھ۔ ژےٚ کُرتھن خانہٕ دارینٛ زِنس نِش الگ۔ ژےٚ کھأجتھ لولس تہٕ حُسنس منز باگ قلاے۔ ژےٚ کربتھ سائنس باغس چھلہٕ۔ ژٕ چھکھ مکار، گوناہ گار، ژےٚ بخشوے نہٕ اَسی، ژٕ چھکھ ظألم گنگا!! ژٕ چھکھ جأبر۔ ژےٚ بخشی نہٕ کانہہ تہِ کوٚشُر۔ ژےٚ بخشی نہٕ خوداے تہِ۔

نیلم! ژٕ چھکھا سأنِس رتس جلترنگ وایان تہٕ پنہٕ نِس شوٗنکارس منز سأنی ہکی تہٕ ووٚش دفن کران۔ ژےٚ لأجتھا اسہِ اکھ اَکس کُن وُچھنس تہٕ کتھ کرنس

پابندی؟ گنگا، ظالم گنگا، عیار نیلم! ووٚنی کوٚت کال روز وأسی اکھأ کِس ژٕو رِژٕو رِ سلامہٕ کران۔ ووٚنی کِتِس کالس تھاوو أسن قُلف۔ نیلم! ووٚنی کِتِس کالس روزِ چانہِ اکہِ بٹھیک آب دوٚیمس پیٹھ روزن وألِس کیُت حرام؟

گنگا! ہوٚ کھِتھ گوٚ ھ، یہ آب گوٚھ نے غاٚب۔ نیلم! خوشکھ سپد یتھ بأیس بأیس نِش ترٕن سہل بنہِ۔ اَسہِ دِ اکھأ کِس نالہٕ موٚت کرنہٕ اَسہِ چھےٚ وأنج پھٹنس آمِو۔

وِچھ یہ دِل کیاہ چھُ ونان ہُمس کاوس۔ کاوا! ژٕ چھکھ آزاد۔ ژےٚ چھی نہٕ وُنہِ کشن گنگایہ ہندی زولانہٕ زنگن۔ ژٕ گژھتہٕ کشن گنگایہ اپور تہٕ میانہِ ماجہِ نتہٕ میأنی سلام۔ ڈُپی زبس بہ چھسے وُنہ تہِ پراران۔ مےٚ لوسہٕ أچھ۔ خبر ہتھ بسہِ منز ما آسہِ میأنی موج پکان، توٚے ماچھےٚ یہ ہارنہٕ کران۔

دسمبر اوس، شیین اوس سأری ہیے گنگایہِ روپہ پوٚٹ ہیو بنوومُت تہٕ بہ اوُسس کِشن گنگایہ اپور ترِتھ ماجہ ستی ماتامالہٕ واپس پکان۔ موج تہٕ ماسُو اوس مےٚ ستی۔ دوہ اوس لوسنس تیار تہٕ وسوُنہِ آفتابکی گاشن اوس سأری ہیے شینس سونٕہری رنگ دیتُمت۔ از اوس واریاہہِ کالی آفتاب نوٚن درامُت۔ یتھے اسہِ پپور ہیوٚت ترٕن، تارن ہندِس زأنپہٕ کٔدلس ہیوٚتن سانہِ ترنہٕ گورِ گورِ گوھن۔ ماجہِ لاٚ گی ماسوِس

ہونگنہٕ اتھ تہٕ دۄ پنس، ''خودایہ سُند سوال چھے، بہٕ چھس کھوژان۔ گوڑ تراوُن نِکہ اپارِ، پتہٕ تڑٕ واپس تہٕ اِدٕ دِمے تار تھپھ گرتھ''۔ ماہوٕ کوٗرتی۔ تُمۍ ٹُلُس بہٕ نکھس تہٕ مے یپارِ ترٲوتھ تۄ رموج تارنہٕ باپتھ واپس اپور۔

مگر وُنہٕ آسہِ ہاسہٕ اپور ولتہٕ نے زِ گولہ رٔدگو۔ اسمانہٕ وُتھی بم۔ کشن گنگا یہ ہندِ ہٹھین تہٕ نیلم دریاوس نیلس آبس لوٗگ نار۔ کُس موٗد تہٕ کُس رٔد، کینہہ تہٕ تۄرُم نہٕ فکرِ، اما موج وُچھم اپارِ بٹھِ مَس پراٹان تہٕ لبلہٕ کران۔ سوٗنیہِ دٔستی خبر کمی خبر کور کُن ٹلتھ، بہٕ نیونس یپٲری کمی تام تہٕ واتہٕ نووُنس مٲلِس نش۔

زِٹھو وۄن زِ نیلم بنیہ سرحد۔ اپٲری مس چھص وۄ نُکھ آزاد کشمیر تہٕ یتھ چھِ تم مقبوضہ کشیر ونان۔ اتھ برعکس چھِ یم ہُپٲری مس چھص مقبوضہٕ کشیر ونان۔ پۄز کیاہ تہٕ اپز کیا، تہٕ تۄرنہٕ کانسی از تام فکر۔ سٲنی چھے ہو تہٕ کشیرٕ ے تہٕ یہ تہٕ کشیرٕ ے۔

اکہِ دوہہٕ ییلہ مے زیادٕ ے پھن ماجہِ ہُند لول آو، مے وۄ دسبٹھاہ۔ میانہٕ ودنہٕ ستی آو بابس تہٕ وۄن۔ تمۍ وۄن، ییکیاہ دراس تیمی دمہٕ۔ ازانن بہٕ ضروٗر چانی موج۔ ییکیاہ شونگ ژٕ تام بسترس منز۔ بہٕ شونگس۔ بڑٕ میٹھ ننِدٕ رپیم، شاید اتھ خوشی منز زِ از ولتہٕ میانی موج ضروٗر، بابہٕ دراو از پانے تہندس تلاشس۔

ازگے ووُنی پانٕژ تأجۍ وٗری، نہ آو بابَے تہٕ نہٕ اُنن موج۔ بہٕ چھس ووُنی دوشوٚنی ہندِس اِنتظارس۔ نیلم دریاوُک یہ آب چھُ ژلان۔ اپارِ بٹھِ کھڑا ہُم لڑکہٕ چھِ مےٚ عارٕ برٕژو چشمو وُچھان، تکیا زِ مےٚ چھُنہٕ یوٚت کال پرٕ اُرتھ تہٕ کانٛہہ گاڈو اُلس منز پھسے ہو۔ حالانکہِ وأرِلس ووت یوت کال آبہٕ لہرن ہندی دکہٕ ژالان۔

---o---

# لاٹری

یۄ دۄے یہٕ ساسہٕ لٹہٕ نبہٕ ٹِکہٕ نِس لاٹری وانس پیٹھ ہبلہٕ کرِتھ پننہٕ قسمتُک فأصلہٕ کرنہٕ کھۄتُس تہٕ مگر مےٚ اوسنہٕ زانہہ تہٕ چندٕ منزٕ روپے ڈبل کڈِتھ لاٹری ٹکٹ ہُلی ہنبس ووندٕ آمُت۔ گۄ یاہہٕ پھرِ ژھُنُم چندس اتھٕ تہٕ مگر خبر کیاہ سوٗچتھ کۄڈُم واپس۔ مےٚ زن اوس نہٕ یقینے زِ میٲنی دوہ تہٕ کیاہ پھیرن زانہہ۔ مےٚ اوس پزِ کس ژامُت زِ بہٕ چھُس خداین صرف وِہی کھبنہٕ خاطرے پاد کۄرمُت۔ خاُرمُنیر نہٕ زبردس اصرارٕ پتہٕ ہیۄ مےٚ اکہٕ دوہہٕ روپیہٕ ڈبلہِ لاٹری ٹکٹ۔ دپھ شام تام رۄڈُم روپے ڈبل ضایہٕ گژھنُک پھیران۔ اکہِ طرفہٕ یۄ دۄے وأنجہٕ ژس اوسُم گژھان، بیٚیہ طرفہٕ اوسُم باسان زِ ٹکٹ ہیتھ پرووُم کیاہ تام تھزر۔ میٲنی کھورزن اُسی نہٕ زمینس پیٹھ پیواُنی۔ گرِ ووتُس تہٕ پرانِن رگودن منز گرواجی باسے یم اُووَرڈیٹ ہش گاہو۔ ژھینۍ ہتی پلولاگھ شُری لگم کھرنہٕ۔ پراٚنی ژھینِیہ پٔہر، ویرِ ٹرٗنۄ ہتی گنڈنہٕ آمُت آنگُن، بتہٕ پیٚھکی ہاکہٕ نل، لبہٕ ہتی پکہٕ وُن آرٕ، ہمساین ہنزٕ بدصورت ٹنزٕ۔ غرض سارِنے چیزن ہتی گیم رِش۔

ڈرااوس پگاہ صُبحاے نیرِن وول تہٕ مےٚ اوس برونٹھے باسان زِ میانہٕ شِکسکی

دوہ وُتی ووں اَند۔ یگاہ آسہٕ نہٕ بہ سُلہٕ، تھنہٕ سُلہٕ بلکہ آسہٕ خبر کیاہ تام۔ گرِ اُسی
ساُری شوٗنگتھ تہٕ بہ اوسُس خابن تاُپر ژھانڈان۔ یہ رات اُس میانہٕ باپتھ زنتہٕ
زیٹھاُنی۔ شب دیجورٕ کی پاُٹھی ٚکنہٕ قیامت کہٕ دوہکی پاُٹھی۔ نُم کھوٚت ہیر دگان
دگان تہٕ کٕھُس اندراژوٗنے ژھُٹن مےٚ نالہٕ موٚت۔ مونہٕ تہٕ میٹھی کران لوٗگم ونہٕ،
"مبارک ہاچھےٚ سُلا۔ وُنہٕ چھکھا شوٗنگی تھے، ژھو پاونہٕ منزٕ کیہو نیری، ووتھو، چاوٗ
چایاہ"۔ واثرِ تھاپٕر دیُت مےٚ لیفہٕ رَگوٚد ہوردا رِتھ تہٕ پرٕژھمس، "کیہو نُبرا، کیہو
دلیل چھےٚ؟" وُچھتہٕ چور کوتاہ چھٕہم زانان۔ نتہٕ اُسی ناہوٚ زمُت"۔ تُمی ووٗن مےٚ
وارَے تمبلاوان۔ مےٚ اوس اَندری سورے فِکر تران زِ دلیل کیاہ آسہٕ، مگر پننہٕ
نِس ظونس اوسُس یژھان تصدیق تہٕ کرُن۔ تَوے پرٕژھمس، "نا۔ چاُنی درٕ ے
ناچھےٚ نہٕ مےٚ فِکری تران، نہ بوزٕے کینہہ۔ قِصہ کیاہ چھُ اُژُر"۔

"ہتا قسمتہٕ والیا۔ اُزچ لاٹری ہاچھےٚ چانی ناوٕ دراہمو۔ اخبار وول ہا اوس
صُبحاُے کریکہٕ کربکھ کران۔ ییہ چھیاپے کاُژاہ روپیہٕ؟ پانژھ لچھ ہا پانژھ لچھ۔ ژٕ
ہابنیو کھووٕنی سرمایہ وول سیٹھ۔ خبر بہ روزٕ یایاد"۔

"کیہو چھُکھ ونان۔ یہ چھٕہما بیقلاوان"۔ بہ اوسُس یژھان وارٕ تصدیق
کرُن۔

''اَپُز ناچھے نہٕ کوٚنٛھ درٕ ے۔ خلقن تہٕ فلکن ہے ہٕوٚز۔ خبر کاٗتیاہ آسنے وُنی مُبارکس پکان۔ووتھوٚ تھوٚد۔ یتھ تراونا وٚ ڈوٚن پھشا''۔

وُنہِ آسہٕ ییٚ کتھٕ چلان زِ خوجہ جبار تہٕ اسلم حاجٕ ژایہٕ ہٕ تہٕ زیٹھ زیٹھ سلاما بند یکھا تہٕ مصافحہ کٔرِتھ بیٹھی مےٚ ڈیچھنہِ کھوٚری۔ یم اٗسی از پوٚرٕ پنداہہِ ڈہری میون گرٕ ژامتی۔ خاص تمی دوہہٕ پتھٕ ییلہ بہ نارن سوٚرس پتھ بہنوٗس۔ اوتام اٗسی مےٚ یم چٕڑ یار مگر نومن مصیبت کینہ دوہن اٗسکھ مےٚ ستیٚ کتھ تہٕ ترٛاوہٕ کرٕنی۔ مےٚ اٗسی یم سبٹھا نچہِ نظرِ وُچھان۔ پرٕس منجام خوجس نچہِ ہندِ باپتھ ووزِم کپرس زِمپٹر، جوابن وٚن نم، ''جان گوٚ ڈج ترٛوٚپ کٔرِتھ پلون زڈ کڈٕنی۔ ژٕکتہِ ہبلکھ پتہٕ نکھٕ واٗلتھ۔ خامخاپ ژھبن ئلہٕ اُچھ''۔

خوجہ جبار ووتھ، ''سلطان صاٗب، کیاہض سائنس وانس کُن چھِو نہٕ واریاہہِ کالہٕ پتھ نظر اگر زرادِ واٗنی۔ ناراضگی چھا کینہہ''۔ بہ کیاہ ونہٕ ہس۔ کہنہِ تہِ ووٚنمس نہٕ درجواب۔ اسلم حاجٕ پھیُر میون توجہ پانس کُن تہٕ لوٚگ ونہِ، ''سلطان صاٗب تمہِ دوہہ کس ماٗلس پتھ دی زبو ماٗنی۔ خبر کیاہ شرارتھ اوسُم زِ دانبس ژور ترکھ دِتی مےٚ نہٕ پننہِ مشینہٕ پتھ پونسو وراٗے مُنتھ تہٕ ژھُنمکھ دکہٕ دِوان نمبر کڈِتھ۔ یمہٕ لوکچہِ موکچہِ کتھٕ پزن نہٕ یاد تھاونہِ۔ بہ چھس از یہ عرض کرنہِ آمت زِ بہ اوسُس یژھان

بینڈ ساتراوُن تہٕ واریاہ کال گوم نم عبٹھ دِوان زِ کانہہ نیک تہٕ ایماندار شھاریٹہٕ ہن

شریک، مگر چانہِ ورأے چھُم نہٕ کانٛسہِ پیٹھ نظر۔ اگر توہہِ برابر دی یہٕ تیلہِ تلو اتھ

کامہِ دس''۔ بہٕ گوس بوزان تہٕ جواباً دتُمس نہٕ کینہہ۔ یہٕ تس کالس اُس اپارِ شُر بو تہٕ

تہنزِ ماجہِ یہٕ خبر بۄ زہو۔ اَتہِ آسہِ بدل کیاہ تام ژوٚیہٕ چلان۔

اُسی کاکھ ژاو تہٕ کوٚرُن مےٚ مبارک۔ سُہ وُچھی تھےٚ گوس بہٕ ہنگتہٕ منگہٕ

احترامن کھڑا۔ شاید اوٚ موکھ زِ سُہ اوس گامہ زیٛٹھ۔ زِٹھو منزٕ اوس سُے یوت اکھ نفر

یُس غُر بتہٕ کینہہ دوہن مےٚ ستی کتھ باتھ اوس کران۔ مےٚ ترأو پانس نکھہٕ اُسی کالس

جاے۔ مےٚ اوس تہندِ بتھہِ تلہٕ ننان زِ سُہ اوس نہٕ میانہِ لاٹری ہنٛز خبر بۄ زِتھ دِلی طور

خوش گومُت، تکیا زِ سُہ لوٚگ عارٕ بُرژو نظرو ستی مےٚ کُن مُدے گنڈِتھ وننہِ، ''سُلا

یتھنا رو پیہ وُچھتھ مےٚ مُشراوکھ۔ تمس آے اُش بگہٕ تہٕ مےٚ گیہ تمی سنٛز کتھ زنتہ

وأنجہ ترٕتھ۔ اُمس تہِ دتُم نہٕ کانہہ جواب۔

اتھی دوران ژایہ پروینیٛ موج چایہ سماوار ہیتھ، دپھ مے زن پرٕزناوٕ ےٚ نہٕ

سو گوڈٕ۔ اُمس اوس نہٕ راتکہٕ پأٹھی کلگ سورُے مس پۄ ژِتل ژھیپر اُوتھ تہٕ کھور

کھریتھن تام زیٛٹھہٕ زیٛوٹھ پھبرن نالی، بلکہ اُس فراک پأے جامس اندر کلہٕ ووڈٕ نی

ساأڑیا گرونہِ نالی تہٕ مستس کونگل ترأوتھ۔ مےٚ توٚرنہٕ واریاہس کالس اَمہِ تبدیلی

ہُند وَجہ فِکر۔ مےٚ دیُت اُچھن درِ تہٕ کلس وڈٕرم دِنن، شکھ بُڈ یوم زِ یہ ما چھس بہٕ

خاب وچھان راتھ تام اُس یہ ونان، اگر ہے زنانہٕ لۓِ مس وال نۄن آسہٕ، قیامو

دوہہ بنہٕ نس تتھ خبر گوشا ہمار۔

سوٗ گیہ اژان اژان لُسی کاکس اگادِ، "لُسیا! ژٕ ے گیی ناشرم۔ اپارِ تاُرک زِ

ہے چایہ سماوارِ ے۔ مےٚ پہؠ یہٕ پانے انن۔ ژ کہ چھو نا شکس لد تہٕ پنچھ"۔ بہٕ تہٕ

لسہٕ کاکھ رۄ دۍ تس واریاہس کالس وُچھان۔ ونہٕ ہوس کیاہ۔ خبر لسہٕ کاکھ کیاہ اوس

سونچان، شایدی زِ راتھ تام ہے بہٕ لُسی کاکھ اوسُس تہٕ از کیتھ بنیوس لۄس۔

"بابا، نہٕ ڈیڈا، بینہٕ ٹاٹھ، نہٕ سِسٹر جی چھےٚ ونان از شامن گوھو اُسی

پکچر وُچھنہٕ۔ از چھےٚ اصل فلم لُج ہو"۔ نِکہٕ ژاویی ونان اندر، لسہٕ کاکھ تہٕ بہٕ لگی

دو شوے اکہ اُکس بُتھن وُچھنہٕ۔ خوجہ صاُبن تہٕ خان صاُبن ترو وٹھاہ ٹھاہ کران

اُسن تہٕ گُنی آوازِ منز وُ ونکھ، "اہن حض سلطان صاُب، نِکھ از"۔ دۄ ہی دوہس

رۄ دۍ لگھ میون گرِ یوان۔ اکثر تم یم نہٕ بہٕ زلنہٕ ہا کھے، یم نہٕ مےٚ زانہہ وُچھ ہتی

اُسی۔ یمن منز اُسی سیاُسی کارکُن، پُلسہٕ افسر، ٹھیکہ در۔ اُکی کُرِم ٹھیکچ آفر تہٕ اکھ لۄگ

کارخانہٕ چلاونک مشورِ پلناونہٕ۔ اُکی مۄ نگ مشیدِ باپتھ چندٕ تہٕ بیا کھ آوا الکشن

باپتھ رِجماےتھ منگنہٕ۔ مےٚ بوز ساری نے ہُند مگر وۄ نم نہٕ کاُنسی کینہہ۔

بۂ اوٗسس ہے بنگہٕ اُسی تھےٚ۔ بۂ اوٗسس نہٕ ڈُنہ سرمایہ دار بنیو متٕی مگر باسان اوٗسم زِ پانس نِش تہٕ چھس دوٗر یوٗمُت، گر باٗژن ہنز چھنہٕ کتھےٚ۔ خبر کیاہ گوزِ مےٚ باسوٚ پٔنن پان اسمانس اندر وُڈان۔ دپھ اُچھن گیم ژھاپنھ۔ مےٚ باسوٚ مےٚ ژھو کھوٚ گاش۔ مےٚ دژٕلسی کاکس تھپھ تہٕ ووٗنمس مےٚ وال زمینہٕ پیٹھ واپس۔ اگر مےٚ زن اُس کتھ تہٕ روٹہٕ گاٚمژ۔ مےٚ گوٚنڈُن جلاوتہٕ کُنی چکھ ژٕ جم نیرتھ۔ اُتھی اندر گوس بۂ بیدار۔ شاندس پیٹھ اُس مےٚ موج تہٕ سوے اُہم کلس موٹھ دوان۔

---0---

# راڈار

ییٚلہ مقبرس منز راڈار نصب کرنہٕ آو، اکھ دوور یومت کرنٕزؤتھ رِپیس کرنٕزس گُن،

"ژے چھے میانہ برونٹھے سوٚ رہوان گرٛھُن۔
مگر حبس گری زِ یُتھ نہٕ کروپُس گرٛھی۔
ییٚتہ، لوگہے رڈار"۔

چانٛی آواز واتہِ حائے کمِن تام تہٕ عینٕے رٕٹتھ۔

---o---

# یَژھ مشید تتھی امام

تمٕس اوس پھوٗرمت سیٹھہٕ بہٕن ۔ نفر جوارہ اُسس نکھس ، جوراہ کھونہٕ تہٕ
اُڈی کلس پیٹھ ۔ اُچھن اوسس تھوٚپ لوٚگمت تہ گردن اوک پاسے گاٚمُت ۔ چھت تہٕ
اوس بُرتھ تہٕ اُٹھ داہ سوارِ تلنہٕ باپتھ رُکییہ گاڈی بیٖیہ ۔
اکس سوارِ پھُر شہمت تہٕ ووٚتھ ڈرایوس کُن ، "ہے دوستا ، وونی کرسا
انصاف ، وونی کاٚتیا کھالہکھ ، کتہٕ چھے جاے ۔ موٚدک ہے" ۔
بیاکھ مسافر گوٚونن وٲلس اگادِ ، "کیاسا چھکھ بکواس کران ۔ سٲری چھہٕ
مجبور ۔ اِدکوٚت گژھن بچاٚرکۍ بہ گاہ وقتن" ۔
ترٛییمی دِژ پوٚت سیٹھہٕ پیٹھہٕ کربکھ ، "اَمس کیاسا تھوٚڑ ہے چھسہٕ گاڈی ملٕی
پیمو انۍ ۔ زانہٕ ووستہٕ سُندٕ ے پان ۔ شمن ستن لچھن آسبس گاڈی ۔ پوٚنسہٕ تہٕ
گژھنس جمع گژھنۍ" ۔
ڈُچھنہٕ طرفہ بِہتھ اکی ریش دار زبر رگن کرکتھا ، "یمن کیاسا کانہہ چھُ گادِ
کھسان ، بس تمس پتہٕ گژھنہٕ بییہ کانہہ تہٕ کھسُن" ۔
مے دژ گوڈنکس انصاف ژھانڈن وٲلس کُن نظر ۔ سُہ اوس گمہٕ شری

گوٗمت ۔شاید اوس پنٕنہِ بیٔقل کتھِ پیٹھ شرمندٕ۔

کنڈ کٹر اوس مُکالہِ دی دی سوار ہن بروٗنہہ تہٕ پتھ پکناوان تہ نوِ سوار

کھالان۔

ڈرایور اوس وُٹھہٕ تُلی اَسان تہٕ پکان پانس۔

---o---

# کُنز بردار (رموٹ کنٹرول)

یہ اوس بدلے قِسمُک چھانچھِ پوٚت یُس کمہ تام رموٹ کنٹرول بٹنہٕ ستی رنگہٕ رنگہٕ وِہی بدلاوان اوس۔ گہے اوس لیڈر بنان تہٕ گہے ادیب، گہے سیاست دان بنان تہٕ گہے مذہبی رہنما، گہے موٚزوٗر بنان تہٕ گہے کارخانہٕ وول۔ بہ روٗدُس تا حیات امِکۍ وِہی وُچھان تہٕ تس بأزی گرس ژھاُنڈ دِوان ییمی سندِس اتھس منز امیک رموٹ کنٹرول اوس۔ اماپوٚز سُہ آم نہٕ اتھِ۔

تمہ ساتہٕ اوس سُہ لیڈر بنتھ اُکس لکہٕ ارساتس منز تقریر کران۔ رموٹ کنٹرولن اوس بوزن والین کیاہ تام تأثیر کوٚرمُت یمہٕ ستی تم وٕٹسی پلن ہندۍ پأٹھی تھ وسیع مأدانس منز ؤہتھ اُسی گأمتی۔ کانہہ اوس نہٕ اتھ بکواس نامس تہٕ ٹربأزی خِلاف اکھ لفظ ونہٕ تگ تہٕ جوٗرتھ کران۔ لیڈر اوس الہٕ کُلِس ٹلہ گل تہٕ ٹلہ کُلس اکہٕ کُل کھاران، لُکن نابدٹنگ ہاوان تہٕ خبر کمن خیألی وُژ پرنگن منز وُڈناوان۔ اکہ ساتہٕ ییلہ تمۍ بےشرم پأٹھۍ وۄن زِ سون ملک چھُ sovereign یعنی پوٗرٕ اختیار وول، یتھ پیٹھ ووٗنی کأنسہ ہنز پیوِ ڈأری چلہ نہٕ، مے روز نہٕ پانس تام۔ بہ گوس اُمس نکھہ تہٕ وۄنمس، ''حضرت C.T.B.T یَس کوٚرتھ نہٕ دستخط، میزایل پیونتا تروٗتھ تہٕ متھر تام

کوٚر ہے بند۔ گلہٕ گنڈتھ لوٚگہکھ سلامہٕ کرنہِ۔ مامن پوٚشکھ نہ تہٕ غریب عوامس کھورتھ ٹیکسن ہند بار۔ ژ کہ چھکھ ژ تہِ رموٹ کنٹرولس پیٹھ نژان۔ یہ وتم تقریر ئہندِس ئڈپس پیٹھ چھکھ کران۔ لیڈر رہیوٚک نہ جواب ؤنتھ۔ صرف وۄن نم دفع گوٚھ، ژ چھکھ مُلکہِ کہ آیینگ دُشمن۔ بہ کرِ ہاواد مگر کتہِ تام آو رموٹ کنٹرولک بٹن دباونہٕ تہٕ سہٕ بنیو سیاست دان۔ زنوٚٹھ کُرتنی بیز ارلاگتھ، یڈ نبر کڈتھ، دوتہِ پلو اپھیکین پیٹھ تہٕ گاندھی ٹوپی لاگتھ۔ زنگہٕ دراز کرتھ تہٕ اندی اندی اُسی اُمس واریاہ چیلہٕ چانٹہٕ زنگن موٚٹھ دوان تہٕ لفڈ نڈی تھکہ وان۔ زن تہٕ اوسنہٕ یہنزِ پارٹی تہٕ یمن وارأے مُلکس منز کانہہ تہٕ عاقل بسان۔ سیاست دان اوس یمن نوٚن ژھنی ژھنی فِکرِ تاران زِ ماباقی پارٹی ین ہندی لوٚکھ چھِ مُلک دشمن۔ تمن کرِ ولوٚٹھ۔ تمن ستی کرِ وترکِ تعلق۔ موٚٹھ دنہٕ والی اُسی مشینہٕ ہندی پاٹھی پرتھ کتھِ پیٹھ دُضر ؤ ر کران۔ بہ بیوٚس ہنگتہ منگہٕ اتھ مجلسہِ منز واتتھ۔ سارے کتھِ بوزم۔ پانس تام روٚدم نہ تہٕ سیاست دانس کوٚرم سوال، بابا ژے ماپتہ یمہٕ کتھِ کُس چھے رموٹس پیٹھ ونہٕ ناوان، ژے ماپتاہ ژِ ونان کیاہ چھکھ۔ ژ چھکھا کرسی باپتھ رموٹ کنٹرول یمن داندِ کلن پیٹھ استعمال کران تہٕ بوے چھِہن بائیس دُشمن بناوان۔ یہ بوزتھ روٚد نہٕ اُہند بن چھِچن تاب تہٕ ؤتھی مے مارنہِ۔ اگر رے مے پتّن موٚرتہٕ ستی آسہ ہا، بہ آسہٕ ہاضرؤر

قتل گومُت ، مگر رۆحس کیا کرِ ہن ۔ بہ ییلہ ژلان ژلان مشدِ تہٕ مندرٕ کنٛز دراس،
مےٚ وُچھ زِ یوٚ ہے موٚٹ کنٹرول اوس دون متضاد جاین زٕ متضاد کتھٕ وُنتھ دون فرقن
اکھأکس خلاف اُکساوان ۔ ہُتہٕ اوس سامعین ڈبلگ ٹیوٚک زٔ ٹھر اونگ تلقین
کران تہٕ ییٚتہٕ یمن گوڈ وہیوٚ ریز ارکھالُنگ باند باند کران ۔ اُتھی منز پیوس بہ وأنِتھ
تہٕ پرژھُم دوشوٕنی زِ توہہ گس بوٕسی میُرن پھوکھ چھوٕ ۔ یہ چھواہز ماسٹرس والیس رِکنہٕ
کلہٕ کھاسر بن منز چھوٕنہٕ کاڈی ۔ کیا زِ چھوآدمہٕ سند بن اولادن چھلہٕ وُڈرٕ کران ۔
رموٹ کنٹرولن بدلونال تہٕ سیاست دان ترأوتھ گوسہٕ مِلہِ موٚز وٗرن اگادِ ۔
تمن پوٚ رُن سبق زِ کارخانہٕ دار چھوٕ توہہ لوٗٹھ کرنس پٔتھ ۔ توہی سپدِ ویک آواز تہٕ
سرمایہ دار گری وۄکھ ختم ۔ مرنہٕ مارنہٕ باپتھ گنڈِ وہوٚل ۔
بہ اوسُس ووٕنی رموٹ کنٹرولُک گنٛزٕ بردار ژھانڈنہٕ چہٕ کوٗششہٕ منزٕ
مےٚ آونہٕ یہ گُنہ تہٕ اتھِ ۔ اُخر کھوٚتُس بالس أکس پٔتھ تہٕ تھدِ دِژم کربکھ ۔ ہے یہ
شیطأنی چھوصرف رموٹ کنٹرول وألی ہنٛز ۔ توہہِ منز ماچھوٗ سہٕ کانٛسہِ وُچھمُت ۔ اورٕ
آیہ کربکھ زِ سہٕ چھوٗ یچھِ پوٚت ۔ سہٕ چھوٗ ساری نی وُچھان مگرتس چھنہٕ کانہہ ہبکان
وُچھِتھ ۔ بہ گوس ہُشارتہٕ وُچھم بابہٕ پننہٕ نس شاندس پٔتھ بہتھ اَسان ۔ دوٗ پنم یہ کھو
اوشکھ رأتی راتس فوٗ زیتھ بکان ۔

# زرنٛڈ گھئیل

کوکرناگ وأتتھ رُکاوٕ بس تہٕ کورُم اعلان، "لڑکیو! أسی وأتی کوکر ناگ۔ یہ چھ بیا کھوٗچھنٕ لایق جاے۔ یێتہٕ چھِ بالہٕ تلہٕ پانژھ ناگ نیران۔ یمن چھےٚ کوکر پنجس ہش شکل بنان تہٕ اوٚے چھِ اتھ کوکرناگ ونان۔ یێتہٕ چھےٚ اکھ خوشونی باغہ ہن تہٕ۔ تۄہیۍ وٗسوواڑ واڑ۔ پٔنزِ بتہٕ گنج تلوٕ ستی، أسی کھموٚیتی بتہٕ۔

کورِ وژھہٕ سارے تہٕ میانہٕ رہبری منز ژایہٕ باغس منز۔ گوڈٕ نیہٕ مے سیوٗدے ناگس نِش تہٕ ہاوٕ مکھ ساری ناگ پتہٕ کوٚر مکھ اشارٕ زِ ہۄتھ آبہٕ جویہٕ نِش رِگو ہویارِ شہلس تل جمع تہٕ لاگو بتہٕ کھیوٚن۔ اجن کورِ بن أس یو چھِ أچھو، تموٚنٛجۍ دٔو تہٕ واژٕ یارِ شہلس نِش۔ اجہٕ لجہٕ آبس ستی گندنہٕ۔ بہٕ وۄتھس اُکس ناگہٕ جویہٕ نِش ترلیش چینہٕ۔ کورِ بن کورُم ہاٚتھ زِ وَق مہ گرِو ضایع، جل نیرِو تہٕ لاگو بتہٕ کھیوٚن۔ تمہٕ دژ ایہٕ۔ اتہٕ روٗز صرف شہزادِ۔ یہ أس سخ ژنژل تہٕ طفلہ کوٗر۔ ڈہمہٕ أس پران۔ ساری وی کورِ و منز أس بالغ تہٕ تہٕ تکرٕ تہٕ۔ یہ أس ماشٹرن ہُند کھے پھن مانان زانان۔ یہ أس وُنہٕ تہٕ ناگہٕ آبس ستی گندان۔

أمس گو، کتھِ تام کھورٕ وأے تہٕ چُرٕ دُم گرتھ گیہ ناگس منز۔ مے لاج

کربکہٕ کربکھ مگراپأری اوس نہٕ کانہہ تہِ یُس مدد کرِ ہیم۔ کورِ آسہٕ دؠ رِبتہٕ کھبس ہتی
آورِ۔ بہٕ گوس پریشان تہٕ یکدم لأےمےٚ آبس ووٚٹھ۔ یہ اُس آبس اندر ڈلگنہٕ
دِوان۔ کلہٕ نلہٕ اُس أدرِ ہیو۔ لیٚدٕ رِرنگہٕ کِس فوم سوٚتس منز اوس أدر یارِ کنہٕ وچھ
پھٹِتھ درامُت۔ مےٚ گرأ مس کوم اکِہ اتھہٕ تہٕ ہیٚوم بوٚٹھ کھارٕنی۔ اَمہِ تراوِپننہِ
دوٚشوے نرِ مےٚ گردنہِ اویزان تہٕ کموتام أچھو نٕج مےٚ تھلہِ تھلہِ وٗچھنہِ۔ بہٕ تہِ
اوٗسس آبے آب گومُت تہٕ ہتھٕ تتھٕ واتہٕ نأو یہ مےٚ بٔتھس تام۔ بٔتھس کھسن وِزِ
آوأمی سُند ووپھر یومُت وَچھ میأنس سینس ہتی چارنہٕ۔ میأنس شٔتھے مِتس بدنس نٕج
بجلی کرنٹ۔ شاید گوٚنس تہِ لی، تکیازِ سخت جذباتن منزٕ تھ دِژتمہِ وچھ گگھر میأنس
سینس ہتی۔ بٔتھس پٹھ وأتتھ ہیٚومےٚ یہ یلہٕ تراوٕنی مگر تمہِ تروٗس نہٕ۔ سورٕ زپننہِ
وچھِہ ہتی گگھر دِوان۔ گردن زٕ تھٕ أوتھ لوگن میأنس ہمتس ہتی بُتھ۔ یک لخت گو
مےٚ پننہِ غلطی ہند احساس۔ مےٚ ترأو یہ گاندرِ ہندی پأٹھی دِنہِ وِتھ پتھر۔ گمہٕ سران
گوم۔ عفوخدایا! مےٚ کیاہ گویہِ۔ یہ ہے مےٚ شاگرد چھے، مےٚ پزیایی کرُن۔ أہندی
مائلی ماجہ چھنایہِ مےٚ حوالہ گرہو۔

تس تہِ گو شاید پننہِ غلطی ہند احساس، تمہِ جُکاوِنظر تہٕ گوناہ گارٕ سندی پأٹھی
درایہ کور بن گُن۔ بہٕ گوس واریاہس کالس أتی رٕ ہتھ۔ نہٕ چھم اَلے پھوران نہ

بلّے ــ مےٚ پیوٚ اکھ ؤری برونہیُم واقعہٕ یادیس اُتھی جایہ اوس سپدٕ مُت ـ

پرُس ییلہ بہٕ منٛزٕ خاندارینٕ ہتھ یور آیوس، سوتہ گیٔیہ تِتھے کنٕ ناگس تہٕ تِتھے کنٕ کھاجِ یہ مےٚ ـ تِتھے کنٕ گۓ اُسی جذباتی ـ مگر تمہ ساتہٕ مند چھپیہٕ نہٕ اُسی ـ اتہٕ نیرِتھ بیٹھی اُسی اُتھی یارِ شہلس تل ـ اکھ اُکس باوی لولہٕ وژن ـ سأرِ ے وُہرِ یکہٕ وٹہ گزار نکی قسم تہٕ کری ـ سو گیہ پیوٚ جذباتی زِ بہٕ نیونس ہُتھ گہلسں زرنڈس گُن ـ دوہ لوسنس تام رٔودی اُسی اُتھی جایہ لول باگران ـ سُہ اوس میانہِ زندگی ہند ساری وی کھوتہٕ حسین دوہ ـ

امابہ کتھِ کنٕ اَژ کوربن منز ــ مےٚ پزیایمن بُتھ دیُن؟ بہٕ اوسُس ناگہٕ آبس منزاتھِ ترٲوتھ رُہتھ گومُت ـ بہٕ چھُس بدکردار ـ بہٕ اوسُس یی سوچان زِ ژور کورِ پنیہ واُتتھ ـ

"سَر! ژیرِ گو ـ توہہِ چھُنا بتہٕ کھیوٚن ـ توٚہی چھوٚ ٹھیکھے ـ ؤلو اُسی کرو ؤتھ ـ ؤلو ڈاکٹرس نِش نموٚوٕ" ــ مےٚ اُس نہٕ خبر ے تمہ کیاہ آسہٕ ونان ـ

***

مےٚ اوس اندازٕ زِ ڈاکٹر چھُ میانہِ کتھ بوزان، مگر مےٚ اوس دوکھ ـ شاید اوسُس بہٕ دِلہِ اندری بولان ـ زِیوِ اوسُس نہٕ کہنی ونان ـ امہِ کتھِ ہند احساس

گووےٚ تمہِ وِز، ییلہِ مے ڈاکٹرن بیٚیہ وۄن، ''ماسٹر جی۔ کتھ کرھٔ۔گاٗیلہٕ کیازِ گوٚ ے''۔بہٕ اوٚسس نہٕ کٕہنہٕ وناں۔ییٚلہ مےٚ ہوش آو، ڈاکٹرو چھُم شاندس پیٹھ۔ لگہٕ ارساتھ اوس جمع۔

کورِ آسہٕ باکہٕ ژھٹان۔ڈاکٹر اوس یمن دِلاسہٕ دِوان۔تٔمی کجہٕ کورِ دۄرمگر شہزادن مون نہٕ۔سو آییہ مےٚ کنس تل تہٕ وۄننم،

''سَر !مےٚ دی زبومأفی۔توٚہہِ گومیانی غلط حرکتہٕ گاٗیلہٕ''۔

---0---

# فرض

''ہیلو......بہتر جناب......یہ جناب چھُس پنُن فرض سمجان...... جناب

أکس انسان سنٛز خوشی ہرگاہ قوربان تہٕ گژھِ...... جناب امہ کھوتہٕ کیاہ چھُ......

یقین تھأوو جناب از شام تام یا نصف رأژ تام ولتہٕ یہٕ......زِ نو أزی جناب۔

اوکے''۔

کیپٹن اشرفن ترٛوو ریسیور پتھر۔ تس بدلیوو بُتھس رنگ۔ اچانک گو مغموم۔

گوٚو ہاتہٕ کیازِ نہٕ، تس أس از گوڈنچ سہاگ رات۔ ییٚمہ ساتہٕ تس ٹیلیفون آو، سُہ

اوس پلنگس پوش وتھران۔ تِمی أس سٲری ہی کُٹھس عطر چھکٕرمٕژ۔ دود، بادام، لڈو تہ

رنگا رنگ چیز أسن سجأوِتھ تھأوی متی لبن اُسن خوبصورت بچن ہندی تصویرِ الأندی

ترأوی متی۔ ٹیلیفون رٹنہٕ برونہہ اوس سُہ سیٹھا خوش، آسہ ہا تہ کیازِ نہٕ، تمی اوس زٕ

دوہ برونہہ کھاندر کوٚرمت۔ یہ کھاندر اوس نہٕ تسندِ خاطرٕ سہل۔ یہ اوس رامِنس آب

کھارنہ کھوتہ تہٕ سخ۔ حسینہٕ أس تمی روزٕ ڈری ڈری حاصِل کرِمژ تہٕ از اوس تہند بن

انہار بن خابن ہند میٚل۔ از اوس اشرفنہٕ زندگی ہُند سارِوی کھوتہ حسین دوہ۔

مگر نوکری پس از گدا چاکری۔ ییٚمہ ساتہٕ سُہ دِلہٕ أندری رأژ ہنزن لولہٕ

کتھن ترتیب اوس دِوان، تمی وقتہٕ اوس ازلُک لِکھأرۍ بدل کیاہ تام لیکھان۔ اشرف اوس لولہٕ واُنچہٕ بس کینژون گنٹن صبر کرنک تمب دِوان تہٕ رأژ خأطرٕ خاب گُنڈۍ گنڈۍ تیار کران تہٕ اَمی وزِ ووت تس برگیڈیر سندِ دفترٕ پٹھٕ ٹیلیفون۔ تس اوس فورن حأظر گژھُن تکیا زِ ملک اوس خطرس منز۔ پہراسۍ ژُن اُکتھ کُن۔ اکہِ طرفہٕ اُس لولہٕچ میٹھراتھ ییمہ باپتھ تمۍ دشہِ آسہٕ استانن گنجہٕ مژٕ تہٕ بیٚیہ طرفہ اوس فرض یُس سُہ پننہِ زندگی کھوتہٕ ٹوٹھ اوس زانان۔

پلنگہٕ تلہ کڈ تمۍ اٮ۪چی۔ اتھ منز بٔرِن کینہہ پلوتہٕ تُجن حسینٕیٚ تصویر اتھس کیتھ۔ اتھ دِتُن بوسہٕ تہٕ آبہٕ اُچھ آیس بٔرتھ اکھ قطرٕ پیو تصویرِ کس شیشس پٮ۪ٹھ۔ سُہ ووتھ شکلہِ کُن، حسینے، غم مہ بر، بہٕ چھس چون، فقط چون۔ مےٚ چھےٚ ژٕ نےٚ ستی ساسہٕ وادٕ کتھٕ کرنہِ۔ مےٚ چھُ ژٕ نےٚ برونہہ کنہِ شکوٕن تہٕ شکایتن ہندیو ڈ دفتر وہراوُن۔ مےٚ چھُ چانٮ۪ن چشمن ہندس سو درس سأل کرُن۔ چانٮ۪ن زُلفن ستی گِندُن۔ حسینے، مےٚ چھُ......" تمۍ تُل یہ تصویر تہٕ تھوٚون اٮ۪چی منز۔

"محمد یا......محمد یا!!......کو تو گوکھ......تلاو رٚکی یہ......"۔

ناوہٕ زی تھےٚ آو محمد لاران تہٕ ووت کپتان صأبس برونہہ کُن۔

"محمد یا!! پوشٕ گیاسأرى"۔

''جناب۔ساری گئے''۔

''تلاگژھ بی بی جی سوزن یوٗری۔فورن''۔محمد گوہکو نہٕ ہکو ییلہٕ تمۍ وُچھ پٔژن آغہٕ وردی ہنٛدۍ بٹن بند کران۔

''مگر جناب توٛہۍ کوٚت درأو''؟ تمۍ ووٚن۔مگر کپتانن یوٗ ژُے نہ۔اکھتے ییلہٕ تمۍ محمد أتی وُچھ تہٕ ووٚن نس، ''ژٕ کیہو چھکھ مےٚ بُتھہٕ بُتھہٕ وُچھان، نیرٕ وُ جل''۔

دون منٹن اندر پییہٕ حسینہٕ وأتتھ۔پھولہٕ وُنی جوأنی، روے تابان، حسن با حیا۔سوأس أکس فری یأدٕ سندۍ پأٹھی فأصلس کن دأرتھ۔تہٕ أکس مظلوٗمہٕ سندۍ پأٹھی فرمانس پراران۔پتہٕ کنہٕ اوس محمد وُٹھ پھیشان۔

''ٹرنی۔ٹرنی'' ٹیلیفون لوٚگ ہیٚیہ وزنہٕ۔تمۍ ٹُل رسیور۔''ہیلو۔جناب دراس''۔

محمد یاژٕ ٹُل یہ ایلچی تہٕ وات اڈس منز۔رٹھ یمہٕ روپیہ تہٕ تام ژٕ ژھ ٹکٹ''۔

''مگر صاحب توٛہۍ کوٚت درأوٕ''؟

''مےٚ چھُ أزی برگیڈ ہیڈکوارٹرس رپوٹ کرُن۔دپان چینیو چھُ سائنس وطلنس یلغار کوٚرمُت۔مےٚ چھُ فورن لداخ واتُن۔برگیڈیر صأب چھُ ونان ژےٚ ژےٚ سوأے ہیکہ نہٕ لداخ چہ چوکہٕ کانہہ تہٕ تھمأیتھ''۔حسینس اوس نہٕ کینہہ تہٕ فکرِ

تران۔ اشرف رؤ دکیاہ تام ونان، ''ژٕ گاہری زبنہٕ۔ بس دون ژون دوہن اندر ولتہٕ بہ واپس۔ یم زندیق کرکھ بہ بس دون ژون اند واپس۔ حسینَے۔۔۔ حسینے مےٚ چھُ احساس زِ بہ چھُس ژےٚ ستی ظلم کران۔ مگر حسینَے، لولہٕ کھوتہٕ چھُ فرض زیادٕ اہم۔ بہ چھُس نہٕ کنہِ پلِ۔ مےٚ تہٕ چھِ جذبات۔ مےٚ چھُ زنانہِ ہندن جذباتن ہُند تہٕ احساس، خاص کرِتھ ییٚلہ گوڈنیُج راتھ آسہِ۔ یوسہٕ زندگی منز صرف اکہِ لٹہِ یوان چھےٚ''۔۔ خاٗر مےٚ گوژیر۔ یودراس۔ محمد یا، ژٕ چھُکھاوُنہٕ ییٚتی۔ محمد دراوتہٕ اشرفن رٗٹ حسینہٕ نالہِ متہِ۔ یہ سنگم اوس دون دِلن ہُند کرۄٹھ سنگم۔ اکہِ طرفہ اوس وُمرِ ہندن اٗرزوین ڈوٗٹھ پھوان تہٕ بیٚیہ طرفہِ فرضک احساس۔ کمرن منز اٗس مکمل خاموشی۔

یہ گرٕ ہیوٚ ایاں واریاہہِ کالی ازآباد گوٚمُت۔ از ہُرییہ یہِ اتھ واریاہہِ کالی رونق، ییٚنہٕ اشرفُن مول موج انگریزو تہٕ تیغ کرے یوو۔

حسینس اوس سکتہٕ گومت۔ تس اوس اچھو کنہٕ ڈوٗٹھ وسان۔ تھٕندِ دِلچ ڈُبرائے اٗس زنتہ ونان، ''اشرف صاٗب! دغاباز، ژٕےٚ کتھ چھےٚ سوٗرے ہندوستان نکھس کھوٚتمت۔ چانہِ بغاٗر بچہِ ناوطن۔ میانہ دلُک وطن وُ جراٗیتھ کمہِ وطنُک طمع چھےٚ۔۔ وطن گوٚژھی نہٕ کُن مگر یو گوٚژھِ چانہ وارائے مرِتھ''۔۔

ییٚہ طرفہٕ اوس اشرف سوچان زِ ظاہرا آیہ حسینہ بہلاونہٕ۔ تمہِ ترأوتس تھپھ یلہٕ یہ وَنان زِ، ''اچھا حسینے مےٚ دِرو خصت۔۔ صرف کینہہ دوہ۔ یم دوہ نیرِتھ گوٚھو أسی ہنی موٗنس۔ أسی مناو وخاموش جنگلن اندر ہنی موٗن''۔ یتھے تمہِ سوپنہٕ کھونہِ منزٕ یلہٕ ترأو۔ سو آیہ ٹاس گرتھ پتھر لاینہٕ۔ سو اُس تھزِ کھونہِ منزٕ ے بے ہوش گأمژ۔ تس لوٗگ کلہٕ پلنگ، کس کھوٗرس تہٕ خون گو جأری۔

اشرف گو پریشان، تمہِ دژ کریکھ، ''ڈاکٹر۔ ڈاکٹر''۔ نگراتہِ کتہٕ گیو ڈاکٹر پأدٕ۔ تمہِ ژٹ وردی ہنزٕ قمیضہ چھل تہٕ گنڈن سو حسینس کلس۔

''ٹرِنی ٹرِنی''، ییٚہ گیہ فونس رِنگ۔ برگیڈیر اوس وولیوٗمت۔ سُہ اوس زبردس ناراضگی سان وَنان، ''کیپٹن، ژ کیاز چھکھ نہٕ نیران۔۔ مےٚ اوس ژےٚ پٹھ سبٹھا بروسہٕ''۔

اشرفن ترأو حسینہٕ پتھر کنی تہٕ ژھینٛژ ہو قمیض لأگی تھے دراو تتھ کنی دوان، زنتہٕ خبرٕ کتی شکأری ہوٗنی اُسِس پتہٕ۔

---0---

# چاۓنٕ درٕے

''چاۓنٕ درٕے بس ژٕنے کوٗرتھم جود۔ دپان چھُس تھلہِ تھلہِ روزٕ ہےَ وِ چھان۔ دپان چھُس پنجانہ کیتھٕ کنٕ لگہِ مےٚ آرام''۔ رحمان اوس تمۍ کِ داما داما چوان تہٕ زٕونہِ کُن ونان۔ زٕوٗن اُس اُچھ یون کُن ترٲوِتھ لَس برونھہ کنہِ سماوارس پھوکھ ہیوٗکھ دِوان۔ سوۓژھ بگریمتہِ ہٹہِ، ''تلامتہٕ آستہٕ پرتھ وزِ پنجابک ناو ہوان۔ ناراتھ پنجابس سےٚ چھُو اُنجہ خبر کیاہ گژھان۔ تلامتہٕ گژھتہٕ پنجاب''۔

''زٕونٕ بہٕ نےَ گژھٕ ہاژٕنے ہیٚوٗہ گولاب ترٲوِتھ، مگر کرٕ کیاہ مجبور چھُس۔ کشیرِ منز چھا کأشرٕ بن موٚ زٕوٗرن خأطرٕ جاے کُنہِ۔ اگر کُنہ کأما کار اچھٕ تہِ، سہٕ چھِ کرناوان ئیبرِ مبن اتھِ۔ اسہِ چھِ ونان۔ توٚہی ہسا چھُو کامہِ ژٕوٗر۔ ووٕنی اگر کأنْہہ کامہِ رٹہِ تہِ، تتھ چھِ دِوان پانژھ شےٚ روپیہ دِہاڑٕ۔ زٕوٗنی ژٕے ونتہٕ یتھ درووجرٕ کِس بازرس منز کیا دِموٗ دندس تہٕ کیا تھاوٕ چندس۔ بیپأرٕ چھِیہِ پتاہ کھاندرُک کوتاہ قرضہ چھُ بقایا۔ پیٹھٕ چھےٚ وندٕ چہِ کرہنہِ رأژ۔ آخر گُلبن تہِ ماوسہِ''۔ رحمانن وُنُس سمجاونہٕ کہِ غرضہٕ۔ یہ بوٗزِتھ گیہ زٕوٗن سیٹھا تھےَ ہش تہٕ صرف یہ ونان ژٕج لتہِ، ''خأریہ مرضی چھےَ تہِ کرٕ''۔

کینہہ دوہ گُزر تھےٖ دراو رحمان پنجاب۔ خانہ دارینٛ ترٲوِن مالنہِ تمن
دۄ پُن أمس آسہٕ بہٕ الگےٚ خرچہٕ سوزان۔

رحمان ووت امرتسرٕ تتہِ بیوٗٹھ أکس بڈِس باپأرس ستی۔ باپأرس شہلو و
تمی یوٗتا اتھٕ زِ سہٕ گو أمی سندِ تگنہٕ ستی متأثر۔ تمی بنوو یہ پنُن مینیجر تہٕ سبٹھاہ جلد
پُشر وونس سورُے کارٕ بار۔ رحمان اوس ووٚنی سیٹھ رحمت علی ناوٕ مشہور گومُت۔ یہ
اوس بڈٕ ٹھاٹھ باٹھ سان سوٗٹھ لا گتھ نیران۔ أتھی دوران آیہ سیٹھٕ سنز کوٗر کلثوم تہِ
رحمانس قریب۔ سیٹھن ییلہ یہنزِ قُربچ خبر پیوٚز، سہٕ گو أچھ وٗٹتھ یمن نکاح کرنہٕ
باپتھ تیار۔ یہ لول، یہ عأش تہٕ یہ یزتھ بنیہ ییمہِ کتھ ہُند باعِث زِ رحمانس گئیہ
زوٗن، کشیر تہٕ پنُن گرٕ مُشتھ۔

زوٗن أس مالنہِ گنی زٔنی یاونس ژھوہ ماران یہنزِ ہمسایگی منز اوس اکھ ڈوٗگرٕ
لڑکہ کینہہ ودوہو پتھ کرِ ایس پتھ بہتھ۔ سہٕ گس اوس، کتہِ اوس بسان، کیاہ کأم
اوس کرن، یہ اوس نہٕ کأنسی پتاہ۔ مگر زوٗن گئیہ أمِس قریب یِوان۔ اکھ دوہ ووت
ییلہِ یہ زوٗنہِ اغوا کرنس منز کامیاب گو۔ زوٗن کوت نِیہِ یمی، تہِ اوسنہٕ کأنسہٕ پتاہ۔
کینہہ وری گےٚ تہٕ رحمان اوس ووٚنی رحمت علی بنتھ سیٹھٕ سُند کارٕ بار
چلاوان تہٕ کلثومہِ ستی عأشکی دوہ گزاران۔ زوٗن أس جومہِ موہنس ستی رازونیازچہ

کتھ کران۔ سوٲس نہٕ ووٚنۍ زۄن بلکہ اوس تمہِ پنجٲبۍ رختس منز پانس رۄ پاناو کوٚرمُت تہٕ موہن جی اوس پانہٕ دُکانداری کران۔

اکہ دوہہ دیُت سیٹھ کرامت علی ین رحمت علی یس حکم زِ ژٕ گوژھ داہ پنداہ دوہ جوٚم تکیا زِ تتہٕ اوس واریاہن دُکاندان نِش قرضہٕ دُگراوُن، بیٚیہ اوس موہن جی نٲوۍ اَکس دُکاندارس ستۍ کتھ کٔرِتھ جومہِ کارخانہٕ تہِ کھولُن۔ سُہ ووت جوٚم تہٕ یوٲنۍ گو موہن جییس سمکھنہٕ۔ موہن جی ین کٔر اَمس سٟتۍ پرٕژھ گٲرتہٕ بنوُون پنٕن خاص پوٚژھ۔ رحمت علی ین کریو وسٟتۍ زِ سُہ ٹھہرِ ڈاک بنٔگلس یا ہوٹلس منز مگر موہن جی ین موٗنس نہٕ۔

موہن جی نہِ گرِ رۄ زتھ پیوٚتس رۄ پاتہٕ ستۍ واسطہٕ۔ تس اوس رۄ پایہ منز زۄنہِ ہُند انہار باسان۔ سُہ اوس واریاہس لٹہ سوچان زِ سُہ پرٕژھِ رۄ پایہِ زِ ژٕ ماچھکھ زۄن، مگر بُہران اوس نہٕ۔ باسان اوسُس زِ یہِ گوژھِ چٲرِ کتھاہش۔ کُجا زۄن تہٕ کتہٕ یہِ رۄ پا۔ زۄن رٕتھ کنٔز بنہِ رۄ پاتہٕ رٕتھ کنٔز واتہِ جوٚم۔ رۄ پا ٲس سوچان زِ رحمت صاحب ماچھُ دراصل رحمان۔ مگر سو تہِ اٲس نہ بُہران۔ سو ٲس سوچان زِ رحمان موٚزۄر کتہِ بنہِ امرتسرُک سیٹھ، کتہِ لاگہِ ٹے تہٕ سوٗٹ۔ یتھ کنٔز رۄز رازداری جاری۔

مگر موہنہٕ نہٕ گرِ وار یاہ دوہ گزارنہٕ ستی آیہ روپا رحمت علی لیس یوٗت نزدیک زِ تموکۍ راکہِ دوہہٕ راتھ کیٛت ژلنٕگ فأصلہٕ۔ روٗپا یہ دِتُس مشورٕ زِ ژٕ ون موہنس زِ بہٕ نمن روٗپا ہفتس کھنڈس امرتسر۔ سُہ دیہِ مےٚ بے دریغ اِجازتھ۔ یہ مشورٕ آو رحمت علی لیس پسند تہٕ موہنہٕ نہِ اجازیہٕ درامے تم اکہِ دوہہٕ جومہِ۔ راتس روٗدۍ اُکس ہوٹلس منز۔ اُتھی راتژ دوران کھُلییہٕ یم تہٕ ونکھ اکھ اُکس رازچہٕ کتھہٕ۔ رحمت علی ین مون زِ بہٕ چھس ژکہِ رحمان تہٕ روٗپایہِ مون زِ بو چھس بذاُتی زوٗن۔

اکھ اُکی سنزِ یہِ شنچھ خبر بوٗزتھ اوس دوشوٕنی ہندِ باپتھ یہ فأصلہٕ کرُن مشکل زِ کُس چھُ قصوروار۔ زوٗن اُس کلہٕ یون کُن ترأوتھ پرأنی دوہ یاد کران تہٕ رحمانن ژوٹ سأری سی نیالیس یہ وٗنتھ کلہٕ زِ "زوٗنے! ہتھے ہش کیا زِ گیکھ۔ چأنی دِرٕے دنیاہس منز چھِ سأری یتھی۔ اُسی چھِ دوشوٕے ہوی گوناہ گار۔

صُبحس کھٕتی تم سرینگرٕ چہ بسہِ تہٕ دوٕیمہِ دوہہٕ واُتی پٔنٕن گرٕ۔

---o---

# رانٹس

وأنا کھ گٹہٕ ژٕلی اوس مےٚ نال ووٚلمت ۔ دم پھُٹ گوٚھتھ اوسُس بہٕ وأنا کھ

أچھوژ وولپأری نظرِ دِوان ۔ اما کانہہ مردِ خدا ما گژھہ نوٚن تہٕ میأنی پرِ وٚنی ناولاگہِ

بوٚتُھ ۔ اماپوٚز زاتھ کرِیہنہ رأژ اندرأس نہٕ میأنی نظرا کھ سوٚت تہِ برونہہ پکان ۔ مےٚ

اوس نہٕ کہنی تہِ بوزنہٕ یوان ۔ پنُن پان تبنہٕ ۔ پننہِ وجوٗدُک احساسے یوت اوس مےٚ

باس دوان زِ بہٕ چھُس تہٕ مےٚ أندی پکی چھِ کٔڈر گٹہٕ یوسہٕ مےٚ گنہِ تہِ ساتہٕ ننبگاوتھ

ژھنہِ ۔ میانہِ تنہائی منزأس ووں مویوسی تہِ اُڈرِ نہٕ آمو ۔ مےٚ برونہہ کنہِ اوس بِنین

پر پرژھنین ہندی پأٹھی کُنےٚ سہارِ ۔ سہٕ اوس خدائیس نہٕ کانسہِ ناوومید تہٕ نراش چھُ

کران ۔

دپان ییلہِ آدم ژوولپأری ناوومید چھُ گوھان ، سہٕ چھُ پننہِ آیک خُدا

تھُران یُس أمی سنزی ترایہِ چھُ آسان ۔ أمس تھُری مُتس خدائیس چھنہٕ پنُن

کانہہ وجوٗد نہ انفرادِیت ، نہ کانہہ مخصوص سوچ آسان بلکہ سہٕ چھ تھُرن وألی سنزن

نظرن منزا کھ لورِ دستار آسان ۔ یپأری پھرُن یژھون تپأری پھیرِ ، یہ کرُن ونوس

تہِ کرِ ۔ میٚتہٕ تھُر پننہِ غرضکُ خداتہٕ کوٚرُم أکِس وجودس منز پابند ۔ اسمانس پٹھ

بیہنووُم أکِس خاص جایہِ تہٕ أکِس کُرسی پیٹھ۔ یہ اسمان تہٕ یہ کُرسی تھُرٕم پنہٕ نی آیہٕ۔ رٕژمُک دِل بوٚرمس سینس منز۔ پتہٕ گنڈٕم مُدے۔ اتھہٕ کرِم دراز، دل پھٹِووُم، اُشِس ئچ دار تہٕ فری یادلوٚگس کرنہِ، "میانہِ بڈِ خُدایہٕ، مےٚ رۄزووٕنی جاوٚنی یاژُ پڑھ۔ بہٕ چھُس بیرٕ وُنہِ ناوِ۔ میانٕی ناولاگ بوٚتھ۔ مےٚ چھِ ساری ڈٕکھ نیرِتھ ژٕلی متی، مےٚ دِسھارٕ۔ بہٕ چھُس گٹہٕ زٔلس منز ہینہٕ آمُت۔ مےٚ ہاوگاش۔ میانہِ نوٗرانٕی خدایہٕ، میانہِ پرودگارٕ۔

میأنِس خُدایہ سنٛزٕ رحمت آیہ برجوش۔ أچھن دُگوش کرن واجنی وُزمل گیہٕ۔ پتہٕ گےٚ خطرناک گگراے۔ مےٚ باسیووزنتہٕ مےٚ نزدیکھے پیٛیہ کتہٕ تام ترٛٹھ۔ رژھاگےٚ تہٕ اوٗبرُ پھوٚٹ۔ میأنی نوٗرانٕی خُداین ترٛووپنُن نوٗراوٗبرٕ دٕرزِ منزی۔ بہٕ لوٚگس خوش گژھتھ اتھ نوٗرس تھلہِ تھلہِ وُچھنہِ۔ رژھاگےٚ تہٕ نوٗرٕ پاوبن ہنزاکھ ہیر گےٚ پادٕ یوس امہِ پھٹہِ متہٕ اوٗبرٕ منزی وسان اُس۔

پتہٕ گےٚ امہِ نوٗرٕ منزٕ سبٹھا شکیل اکھ پری پادٕ یوس عأن تہٕ غأن تمن خابن ہنز تفسیر اُس یم دُچھان مےٚ بلوغیت چہِ الہ پلہٕ ساربے راٗژ ڈاٗکھی آسہٕ گامِو۔ پننہِ دلہٕ کِس دارِ وٚنس پیٹھ یوس تصویر مےٚ کھٔنی ہو اُس، یہ مسول اُس ہو بہو تمہِ گےٚ زندٕ روٗپ۔ سُے ترٹہٕ ہند حُسن، سُے سروقد، تمے زاوِلی تہٕ ووزٕلی وُٹھ، تمے

سورٕ ملٕی أچھ، سوے کھسہٕ وُنی جوأنی، تمے موکھتہٕ پھٔلی ہی دنٛد۔

میانہٕ دِلچ وُبرائے ہُر ییہٕ۔ میانہٕ نِروژھ پانٔے أمس کوم گرتھ سینس ءتی

چیر دِنہٕ۔ مگر سو أس وُنہٕ مےٚ نش سبٹھا دوٗرامایوٚ زوٚٹھ اُسن تہٕ أچھ ناٹہٕ گرتھ أس

مےٚ تمبلاوان۔ یہٕ أس اکھ اکھ پوٚو وسان تہٕ میأنی وُبرائے أس لولہٕ سازس بم

ہُر راوان۔ میانہٕ صبرُک پیالہٕ اوس راوان تہٕ بہٕ اوٚسس پأزلأ رگتھ أمس نش جل

واتُن یژھان۔ مگر پکھ آسم نہٕ۔

''ژےٚ چھیا میأنی ضرورت''؟ تمہٕ دِژ دوٗرِ کرکھ۔

''آ۔آ۔ جل وس۔ مےٚ گےٚ اکھ وأنسا ژےٚ پراران''۔ مےٚ دِتُس

جواب۔ تمہٕ ترووٲسن کھنگالہٕ تہٕ دِژن دوٗری کریکھ، ''تیلہٕ چھی میأنی کینہہ شرط

مانٕنی۔ چھکھا تیار''؟

''سو گیہ، اکھ اکھ پوٚو وسان تہٕ بہٕ گوس شرط پوٗرٕ کران۔ بہٕ گوس پرتھ ہیرٕ

پأوس تس گلٕی آلہٕ وان تہٕ وأنج وتھراوان۔ تمہٕ سُند پرتھ قدم اوس مےٚ شہلتھ بخشان۔

پرتھ قدمس پیٹھ روٗز سو مےٚ اکھ اکھ شرط مأنہٕ راوان، یوتام مےٚ پانڈون ہندی

پأٹھی سوٗرے کینہہ ہور۔ پنٕن خوٗنی رِشتہٕ، أشناو آیلنگ، یاردوس، نکھہٕ پترٕ، سأری

ہارِم داوس منز۔ پتہٕ ہورُم پنٕن سکون، پنٕن آرام، پنٕنی آزأدی، پنٕنی عأش تہٕ پنٕن پان

تہٕ ۔ پتہٕ پیٚیہ پلہِ لولہٕ واُنج تہٕ سوتہِ کُرمس ارپن۔

سبٹھا قریب واُتتھ دِژمے تس کُنی کوٚم۔ مگر یہ کیاہ؟ میانہِ لولہٕ ہٕژ کومہِ

مژ آو نقلی لِباد، سوٗ ژج ورگیُش دِتھ بیٚیہِ طرفہٕ۔ سودرایہِ ژکہِ رانٹس۔ یم دٔشد دوٗرِ

موکھتہٕ پھٗلی اُسی باسان تم درایہ ژاپل۔ یمہٕ اُچھ سُرمگین آسہٕ لبنہٕ یوان، درایہ

خونی۔ یم مانزِ برٛتھ نم اُسی بوزنہٕ یوان تم درایہ بُچھِ وُنی۔ امہِ اُنی پٔنٕز بُچھ وُنی نم تہٕ

ہیٚتین مے ۂکس بوڈٕ وُنی ۔ مے ژٕج کُنی کر بکھ نیر تھ، ''ہتے موجی رانٹس ہے''۔

---0---

# گورکن (ترجمہٕ)

اُژہندِس ہُتس اوس گنڈلۍ گمت تہٕ سمسارٕکی ساری چیز اُسی پننہٕ اۆبرٕ ژادرِ تل کلہٕ نلہٕ ژھُپاۍ دِتھ ژھوپہٕ دم گرِتھ شۆنگتھ۔ بہ اوسُس گُنہ زۆن درینٹھاکن ہنزِ بستی کُن پکان۔ یو ہے نِصف راۓ ژھیۆہ وۆتُس تورتہٕ درینٹھاک گۓ مہیب تہٕ منحوس شکلن منز پکھٕ لاگۍ لاگۍ مے برونٹھ کنہٕ اِستادٕ۔ اکھ بۆڈ تصرف داریس خوفناک شکل اُس پھیۆرمے کُن تہٕ لۆگ گرزنٕ تلتھ وننہٕ، ''ژٕ چھُکھ اِنسان تہٕ ہانژہ چھے زِ ژٕ چھُکھ اشرف المخلوقات، اسہٕ تصرفدارن تہٕ درینٹھاکن ہُند آغہٕ۔ مگر ژٕ چھُکھ دوگنہٕ ہمس منز مبتلا۔ اکھ یہ زِ ژٕ چھُکھ اسہٕ کھوژان، دۆیم یہ زِ پنُن یہ خوف چھُکھ کانسہٕ پیٹھ ظاہر کرنس تہٕ کھوژان۔ ژٕ چھُکھ مکار''۔ یہ ونان ترووُ تمی اَسن کھنگالہٕ۔

مے دِتُمس بیم ژھو پاوٕنچ کوشش کران جواب، ''کھوژُن؟ بیم؟ نہ۔ نہ۔ بہ چھُس نہٕ کھوژان۔ مے چھُنہٕ کانسہٕ ہندتہٕ بیم۔ بہ ہے تمام مخلوقاتن ہند سردار چھُس''؟ تمی ترووبیہٕ ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن تہٕ وۆنُن، ''مے نِش بیم ژھو پاوُن گونانہ نِش تۆن ژۆرِتھاوُن۔ ژے چھے اشرف المخلوقات آسنٕچ ہانژہ تہٕ ژٕ چھُکھ زلری زالہٕ کھوتہٕ نوزُک۔ اچھا یہ وَنتم بُترٕ اُژوالو کیاہ ناواشاوا چھُہے تھومت''؟

مےٚ ترووأ کِس بڈِس کنہِ پلس ہتۍ ڈوٗ کھ تہٕ لوٚ گُس پھر کھ شہلا ونہِ، مےٚ
اُس سأرۍ ہے بدنس تھرٕ۔ ہنا شاہ سمبألتھ وِ تُمس جواب، ''مےٚ چھُ عبداللہ ناو،
خُدایہ سُند بندٕ''۔

تمۍ کٕر ہنا ژھوپہٕ تہٕ مےٚ گٔن مُدَے گٔنڈتھ لوگ کیا ہتام سوچنہِ۔ أمۍ سنزٕ
أچھ آسہٕ مےٚ وأنجہِ تلواس ثلان تکیازِ مےٚ اوس شعورس منز تصرفدارن ہُند رِوایتی
تصور تہٕ تمن متعلق بھیانک اعتقادن ہُند نقش ژھایہِ گتۍ کران۔ تس بگمہِ یِیہِ آواز،
أش بگہٕ آس تہِ چھم نہٕ خبر زِ کیازِ۔ ودوٗنہِ ہٹہِ لوٚگ وننہِ، ''ہتا میانہِ بابہِ، ژےٚ ہی
آے بےٚ شمار بندے خداز گتس مگر ہتۍ گأ کھنم وُ دتہِ پأدٕ''۔ تمۍ ژٔٹ کتھ تہٕ پتہٕ
زیوٚ ٹھ شاہ کھأرتھ تہٕ وو شاترأ وتھ لوٚگ بیٚیہ وننہِ،

''ژٕ چھکھ ہُش مُش پنہٕ نمن پرانِمن ہندِس موموٗلی وراثتس لأرتھ۔ یہ
کینٛوھا ژےٚ وراثتس منز تھپہِ تھارِ لاران چھےٚ تی چھےٚ دوکھُک تہٕ پریشانی ہند
باعثٕ''۔۔۔ بیا کھ ووشاہ ترأوِتھ لوٚگ وننہِ، ''رِکھو ژٕ روز کھا تو تام موتک غولام
بٔنتھ یو تام نہٕ موردن ہتۍ رلکھ۔ چأنی کار چھِ فضوٗل تہٕ چأنۍ زندگی چھےٚ کھوٕ ھر۔
عبداللہ، چانہِ خأطرٕ چھےٚ اکھ رٕژ کأم، ژٕ بن گورکن۔ قبرٕ کھنن وول۔ ژٕ دفناوٗ کھ تم
موردٕ یم گرن، مسجدن، گرِجن تہٕ کارخانن منز روٚزِ گأمتۍ چھِ تہٕ پرژھان چھکھ نہٕ

کانہہ"۔

مےٚ ژٲج کُنی کرٛبکھ نیرِتھ، "نہ۔نہ۔ ہرگز نہٕ بہٕ ہمکہ نہٕ یہ کٔرِتھ۔ میانین گرِکین تہٕ میانین شُربن چھےٚ میانہٕ دستگیری ہنٛز ضرورت"۔ مےٚ کُن قہرٕ برٕ ژ نظر ترٲوتھ دژ تمی گربز، "گژھ نیر۔ تہٕ پرٕتھ کانٛسہٕ دِاتھس کبتھ بیلی چھِ تہٕ ہیچھناوُن قبر کھنٛنۍ۔ چأنۍ زندگی چھنہٕ امہٕ سوأے رٕکھنۍ" ۔۔۔۔

"گورکنی ستی چھُ زندگی ہُو ڈفأید زِ زندٕ لاش چھےٚ ختم گوھان۔ سو لاش یتھ طوٗفانوٗ چھتھ تھرٕ چھےٚ اژان"۔ برٛنداسوچنہٕ پتہ پرٕ ژھ تمی مےٚ بیا کھ سوال، "اچھا یہ ونتم ژٕ کمہٕ مزہبک چھکھ"؟

"بہٕ چھُس خداترس۔ مےٚ چھےٚ لتس پٔتھ پوٗرٕ پزٕھ تہٕ تمی ہندٕ بن پأغمبرن چھُس احترام کران۔ بہٕ چھُس اوصافن ہُند قأیل تہٕ لازوالس پٔتھ چھم یقین"۔

زہرٕ ہوٗ رُت خندٕ کٔرتھ ووٗن تمی، "یم چھِ ژھٔری تہٕ ژھوٗ ژھی لفظ۔ پرٲنۍ وقتن چھِ آدمی زہٕ طوطہٕ بول بوشہٕ ہندی پأٹھی یم لفظ یاد کرناوٕ ہتی۔ ژٕکہٕ چھُ اِنسانس اکوٗ ایمان، سُہ گوٗتس صِرف پننہٕ وجوٗدک احساس۔ انسانس چھُ صرف پننہٕ نفسن ٲرزوین ہندس لازوال آسنس پٔتھ یقین۔ سُہ چھُ خُدا ناوِ کس لفظس پٔتھ صِرف پانس پوٗزا کران۔ ہاہا ژٕکہٕ کیاہ، سوٗرے برم۔ ژٕکہٕ کیاہ، سأرِی زندٕ لاش۔

پھیرِونی تھورونی لاش"۔

تمی ٲروارِیاہس کالس ژھوپہٕ تہٕ کالہٕ اؤبرٕ لگنن ٲن نظر ٲرتھ لۆگ کیاہ تام
سوچنہٕ تہٕ بہٕ لۆگس ڈیکہٕ اتھس کیتھ رٔٹتھ تمی پسندبن اچھرن مانہٕ ژارنہٕ۔
مےٚ اوس باسان ٲمس چھُ زندگی کھوتہٕ مُوتک زیادٕ عجیب علم، یُس موتہٕ کھوتہٕ
خطرناک تہٕ زہرِ کھوتہٕ ٹیوٗٹھ چھُ۔ ہنا توقف ٲرِتھ پرُژھ مےٚ تس کھۄژی کھۄژی،
"توہہِ چھا پانس کانہہ مذہب یا خداے"؟

ہاں۔ مذہب یا خداے۔ آچھُ۔ بہٕ چھُس پانہٕ خداے۔ مےٚ چھِ وَنان
ڈۆلمُت خداے۔ بہٕ چھُس پرتھ وِزِ پاٗدٕ گژھان۔ بہٕ چھُس نہٕ دانا تکیازِ دلناٲیی چھِ
کمزورن ہُند وصف۔ میون وجود چھُ پولاٗدی تہٕ بُترات چھِ میانین کھورن تَل۔
بہٕ چھُس رُکان تہٕ تارکن ہِنز ساٗرے پیرِ بارے چھِ مےٚ ستی تھامہٕ گژھان۔ بہٕ
چھُس لنہٕ گٹہٕ کین موکلن ساتھ دِوان۔ مےٚ اتھِ چھِ وجودکی تہٕ عدم وجودکی ساٗری
راز۔ صُبحس چھُس آفتاب کہِ ناوِ ناسہٕ تراس پران، دُپہرس عالمِ انسانٔی یتس
وۄہوان تہٕ شامس فِطرت کِس ماحولس منز جذب گژھان۔ پتہٕ ییلہٕ راتھ چھِ
یِوان تہٕ رُکوعس وُستھ چھُس پنہٕ نِس پانس پۄزا کران۔ بہٕ چھُس نہٕ زانہہ تہٕ
شونگان مےٚ چھِ 'دق' وَنان۔ پتھ رۆدُکھ ژٕ، ژٕ دِتہٕ پانس دوکھ، ژٕ چھُکھ میونُے

بوے ژٕتہٕ چھُکھ تتھے کنۍ زندٕ روزان۔ یتھٕ کنۍ بہٕ چھُس۔ نیر۔ نیر گژھ ریاکار، مکار۔ ژٕ نے چھِی زٕ بتھی۔ نیر تہٕ پنٕنہٕ نس پانس تھاوٕ ہؤ زا کرٕ نی جاأری یمن زندٕ لاشن منز"۔

اتھ وادی منز لۆ گُس بہٕ پننۍ راأوۍ متۍ پئدی آکھ ژھانڈنہٕ۔ مےٚ اوس نہٕ پننہٕ نمن کنن تہٕ أچھن پیٹھ تہٕ بروسہٕ رۆدمت۔ ساأری سے راتس رۆدُس کیاہتام سوچان۔ صُبحس ٹُل مےٚ بیلچہ تہٕ وۆنُم پانس، "قبرٕ کھن ساأتہٕ سرٕ نہٕ پہن، ییٚتہٕ تہٕ زندٕ لاش میلی، سومبراوان گژھ تہٕ دفن روز کران"۔ تنہٕ ووتُم قبرٕ کھنان تہٕ زندٕ لاشہٕ دفن کران۔ لاشہ چھےٚ بے شمار تہٕ بہٕ ٔگن جان۔ کانہہ تہٕ چھُم نہٕ پلزٕ نس۔

---o---

# تصرف دار (ترجمہ)

لیف ہیوٗم کھورٕ شانہٕ تہٕ ساری نی تفرقاتن چھٕہ دِتھ تُو بہٕ اُچھ۔ بہٕ اوٗسُس ووٗنی شونگن یژھان تکیازِ راتٕ ژھنزٕ زٕ تہٕ آبہ بجیمٕژ۔ زون تہِ اُس لوٗسمژ تہٕ بجلی گاشن اُس دگ تھاوٕ مژ۔ یُو تام بجلی روز تو تام روٗدُس بہٕ تمہ قبرٕ تجھان یمن منز نمرود، موسیٰ، ابراہیم، عیسیٰ تہٕ لنکن دفن اُسی۔ پتہٕ کیا کرٕ ہا اَنہٕ گٹہٕ، مےٚ اُس ووٗنی نمن تام دگ وُژھ مژ۔ تواُرئخ اُس دپان زِ یمو چھِ بڈٕ تھزٕ کامہ کرِ مژ۔ یم روزن تا ابد زندٕ۔ یمنزٕ قبرٕ آسہ نور اُنی۔ اما پوٗز یمن قبرن اندر اوس نہٕ میوٗ سوا کھنی۔

بہٕ اوسس ووٗنی مس ہنہٕ رتر اوٗنی یژھان۔ اما کیُتھ تہٕ کتہِ۔ ڈُلہ گنی دِوان تھوٗ گس۔ پتہٕ ژلس کمی تام تہٕ واتنو وُنس بیٚیہ قبرستانس منز۔ قبرستانہٕ کنیٚ اُس اکھ پٕڈی وتھ زرنڈٕ وتہٕ زٕ جو منزی اوٗ ری جنگل گن گژھان۔ یتھ دُطرفانہٕ گنڈی مرتہٕ پہٕی مرباورٕ گاشتمن آدمن ہندی پاُٹھی تیزٕ نم تہٕ دنڈ ہتھ پرتھ وتہٕ گتس بُچھنہٕ خاطرٕ اَلرٹ اُسی باسان تہٕ یمن زرنڈن اَندی پکھی اُس منہٕ گاڈبن تہٕ ہا کہٕ زٕ ہس زِنیین ہنزٕ ٹرکاے ماحولس زیادے مُہیب بناوان۔ سہٕ اوس مےٚ کوٗت تام پکہٕ ناوان ہتہِ اُہسم نہٕ خبرزِ کوٗت۔ نہٕ اُہسم خبرزِ سہٕ کُس اوس تکیازِ سہٕ اوس نہٕ مےٚ اتھی یوان۔ نہٕ اوس مےٚ ہتی

کتھ کران۔ نہٕ تہٕ اوٗسُس بہٕ تِس ٲستی کران۔ کرٕ ہا تہ کس ٲستی، سُہ کتہٕ اوس۔ سُہ اوس نہٕ مےٚ پتہٕ ونان زِ مےٚ ٲستی یا پتہٕ پتہٕ پکھ۔ اماپوٚز بہ اوٗسُس پکان، تہٕ اٚسِم نہ خبر زِ کوٚت، نہ اٚسِم یہ خبر زِ کرنہٕ کیاہ چھُ گوٚڈھُن۔ تارکھ اٚسی مےٚ اٚچھ ناٹن منز کیاہ تام ونان تہٕ پٔنُن دل تہٕ اوسُم کیاہ تام مشورٕ دِوان اماپوٚز مےٚ اوس نہ فکری تران۔ اٚسی واٚتی پتہٕ وٕہری، نہ خبر گژھِ مِتِہ پتہٕ تور۔ یوٚ ڈہیوٚہ تصرف دار اوس اٚ کِس اتھس کیتھ یوٚڈ کنہٕ پہاڑ تہٕ بٔییس اتھس کیتھ ماٚری موٚند پوشہٕ باغ ہیتھ شاید میٚے پراران تکیاز بہٕ ژٕ پھتھے لوٚگ سُہ اتھس کش کڈنہٕ۔ سُہ اوس گوڈٕ اٚ کِس تہ پتہٕ بٔییس اتھس اٚسی ہوان کش کڈٕن۔

سُہ کیاز اوس مےٚ مارُن یژھان، مےٚ اوس تہٕ فکرِ تران۔ یتھے تمی کنہٕ پہاڑ مےٚ کُن چھاوُن ہیوٚت، مےٚ گوٚ گُمہٕ سران۔ کھور وتلہٕ ژٕ جم زمین نیٖرٕ تھ تہٕ خبر کتھہٕ کنی دِژٕم کریکھ، "ہتہٕ ھٔ مےٚ مہٕ مار کیا کوٚر مےٚ، میون وجودٕ ے کیا چھُ۔ یوٚت پہاڑ چھاونک ضرورتھی کیا چھے، یوٚ دوے مارنےٚ چھُہم یژھان، اکھ لوٚکٹ موٚکٹ کنہٕ پھیٖنٛڑ تہ ہیکہ مےٚ ختم کرتھ۔ پوٚز یہٕ وِتم میانہٕ مرنہٕ کیا نیٖری ژٕ ے"؟

تمی ترووٗ ٹھاہ ٹھاہ کران اٚسُن تہٕ ٹاٚنہٕ ژٕ ٹان لوٚگم وننہٕ، "ژٕ کیاز زِ کھوژُکھ، گُمہ سران کیاز گوٚ ے۔ وُسواٚسی کیاز پھٹی۔ ژٕ ہے تمام زُوز اٚژن ہند سردار چھکھ،

اشرف المخلوقات۔ سون آغہٕ، تصرفدارن پٮ۪ٹھ حکومت کرن وول۔ ہاہاہا۔۔ تمی ترٛوو بٮ۪یہ اسُن۔ اُمی سنز کتھ بوٗزتھ گومٕژ کیا ہتام پننہِ بجرُک ہیوٗ ہ احساس گرٕ ہتہِ دامنہٕ ستی عارق ووتھراوان تہٕ بیم ژھٕپاوِتھ دل ڈٕراوان دِتمس مے جواب، ”آ۔آ۔ مےٚ چھےٚ اشرف المخلوقات آسنٕچ ہانژھ۔ مےٚ چھِ ہانژھ زِ بہٕ چھُس تارکن کوم کران، مارکن سارکران، زوٗنہِ چھلہٕ کران تہٕ سارِوے کھوتہٕ خطرناک وحشی جانور ہاپٕتھ چھُسن ڈابرِ ہندس اِشارس پٮ۪ٹھ گیرٕ بچہِ کرناوان۔ بہٕ چھُس جاناوار بُنتھ آسمانن منز سارکران تہٕ ڈُنگل بُنتھ سمندرٕژٕ کس زالی دِوان“۔۔۔

”یہ تہِ ون ژٕ چھُکھ ایٹم بم تہٕ نیفام بم پننہٕ ننن باقی اشرف المخلوقاتن پٮ۪ٹھ ٹھوٗرِ کتھ فتحکی تہٕ نُصرتکی نعرٕ دِوان“۔ تمی پھر پوشہ باغس منز مےٚ کُن تھرتہٕ ہوونم ہیرو شیماتہٕ ناگاساکی ہُند سُہ علاقہٕ یتھ ژٕنہِ مونگراُس گاٮ۪مو، یٮ۪تہِ موصوم شُربن ہندی تان وُنہِ تہِ اِڈٕ بٕزٕ چھکرٕ اُوتھ اُسی۔

سُہ گوجذباتی تہٕ لوٗگم وننہٕ، ”ژٕ چھُکھ بزٕ پاٹھی اشرف المخلوقات۔ یس تِتھِس باغس پٕژٕ پارتوگ کرُن۔ اسہِ تصرُف دارن ہُند کتہِ اوس یہ مجال۔ ژےٚ باسیو یا یہ کنہِ پہاڑ پننہٕ کھوتہٕ سرس؟ ہیروشیما ہٮ۪ک بم اوسا یٮ۪مہِ کھوتہٕ لوٗٹٹ؟ اشرف المخلوقاتہٕ! ژٕ کہِ چھُکھ خودغرض، لالچی۔ پننہِ مقصدٕ باپتھ کرکھ ژٕ کیاہ تہِ۔

ضرورت پیٚیی تہٕ کابیپل مارٕ ہن، ضرورت پیٚیی تہٕ نوٚو خدا کرٕ ہن تعمیر، ضرورت پیٚیی تہٕ نعرٕ دِکھ زِ دین چھُ خطرس منزتہٕ ضرورت پیٚیی تہٕ ونکھ زِ دین چھُ وتھ ڈالان تکیاز ِژ چھِکھ اشرف المخلوقات!۔ زندگی یم خامہٕ لاگنٕ یرٕشھکھ تم لاگھس، یم رنگ یرٕشھکھ تم دِہس۔ یرٕشھکھ تہٕ چھوٚنہٕ رکھ دِتھ بأ گراوکھ اُژھینٕ بتراتھ۔ مرضی گوھی تہٕ پکہٕ وُن آب تہٕ دپکھ چھُ میونُے"۔

تمی ترووبیٚیہ بڈٕ اُسن۔ اتھن ہندی چیزن ہٕنٛدٕ ناوِن پھرامرٕ ژپنہٕ ہندی پاٹھی تہٕ پتہٕ ٹھاسِن شُری تماشکی پاٹھی دوٗر۔ مےٚ پھیوٚرنہٕ کنٛیک، صرف پوشہٕ باغگ، سہ اوس سبٹھا ماری موٚند۔ اتھ اندر آسی کم گلالہٕ گِندِ باشہ کران۔ ساری سی گوسوٗر۔ ساری سی گو فان۔ مےٚ پھوٚٹ اوٗش تہٕ سہ لوٚگ زیادے زورٕ سان اُسن کھنگالہٕ تراونہٕ۔ او پتہٕ پھیوٚرنٛیہ مےٚ کُن نیتہٕ وۄنن، "پتھ روٗدس بہٕ۔ بہٕ چھُسکھ ژےٚ ہی اشرف المخلوقات بے وقوف بناوان۔ ژکہِ چھوٚ توہی ساری میانین اتھن منز چھانچھ پوٗتی۔ یہ مرضی گژھم تہٕ کرناوٚ مےٚ کُس گوٚپرٕ ژھن وول۔

تمی ژُلُس بہ شہادت چہِ اوٗنگجہ، پیٹھ تہٕ لوٚگم چھانچھ پوٗتلی پاٹھی نژناونہٕ۔ اکہِ لٹہٕ دیتُنس۔ درو پھ کرتھ دأرِتھ یمہٕ ستی مےٚ ساری تان بیٚون بیٚون گے۔ او پتہٕ سومبرونس بیٚیہٕ تہٕ کوٚرنم پارٕ او۔ أکِس پوشہٕ گِندِس پیٹھ ڈوٗکھ دِتھ تھاوِتھ لوٚگم وننہٕ،

''بیہہ ساناٹھیا۔ ژٕ چھکھ سون سردار، سون آغہٕ، تمام زوزاُژن ہُند مالکھ۔اشرف المخلوقات''۔

مےٚ کر اُمس قدآوار تہٕ مہیب تصرفدارس ڈیکس کُن نظر۔ اتھ آسہٕ سینما پردکی پاٹھی رنگارنگ تصویر بدلان۔ مےٚ پرُژھ اُمس، ''ووٚنی وَنتم ژٕ کُس چھکھ''۔تمی تروواسن کھنگالہٕ تہٕ دیُتنم جواب، ''ونہٕ تہٕ توٚگُے نا بوزُن زِ بہٕ کُس چھس''؟

---o---

# اِنکوئیری

تِمس أندی أندی أسی واریاہ گامہِ وٲلی یہتھ تہٕ تِمن گربن پراران یمہِ ساتہٕ سہٕ پیٹِم شاہ کھاٲلتھ خُدا ایس حوالہٕ گژھ ہے اکھ زٕ نفر أسی سورۂ یاسین پران۔ أڈی امی سندی وصف گنزراوان تہٕ اڈی پٔنٕنی کتھ باتھاہ کران۔ ''خدا ژھنِنی تِمن بے رحم ڈوٹھ یمو أمی سُند کُن کمایہِ گُل ہٹہٕ ہٹہٕ رِگلِوتھ نیوٚ تہٕ پتہٕ ہوہَس نہٕ آمُن تہٕ تِتے پیٹھ گووُیہ سِلہٕ گژھتھ بیمار۔ ہائے پڈٕ موہنیو کمن کمن کمپن منز ووت۔ کمن کمن افسرن وَنٕنی پٔنٕنی دادبدِاتھ۔ کمن کمن منسٹرن کوٚرُن فری یاد مگر ساری أسس ٹرتہٕ گولہٕ وٕنی وٕنی ٹرِ کاوان''۔ اکھاہ ووتھ۔ ''تنہٕ گژھوٚری گیہٕ''؟ بیکہِ پُرٕ وژھ۔ ''میأنی ٹکنی وٚری کہہ مرِ''۔ گوڈنکی دِیت جواب۔ ''اصٕل قِصہٕ کیاہ سپُد'' أکی پُژھی کوٚر سوال۔ ''ہتہٕ ھض کیاہ ونے۔ سہٕ اوس سبٹھاہ رُت لڑکہٕ۔ چھانہٕ کأم اوس کران۔ یورِ نیوٚکھ چھانہٕ کامہِ کمپس منز تہٕ ییلہ نہٕ سہٕ دوٚن ژوٚن دوٚہن تام واپسی آو، مول گوس ژھارنہِ تہٕ تس ووٚنکھ سہٕ ہے تمی دوہ واپس گرِ سوٗز۔ اسہِ نش کتہٕ چھُ''۔ تنہٕ گیے دَہ پندہ وٚری بڈس ہٹرِ ہٹرِ پھیران کمپ پتہٕ کمپہ۔ افسرن تھانن مگر تمی سُند آمُن تہٕ آو نہ اتھِ۔ ''ہے افسوس''۔ پُژھی ترٕ ووٚش۔ تام ڈِژ تمی سیاسی لیڈرن کوٚنہٕ منزٕ

کربکھ یُس اخبار پران اوس۔ ''ہے وُچھوٗ سہٕ سأنی حکومتن کیُتھ رُت قدم چھُ تلمُت۔ اخبار چھُ لیکھان زِ حکومتن چھےٚ اکھ سأزِش ژٕنی کڈٕ مژٕ یمہٕ کٕنی فوجی تھٕ کٕنی یا تہٕ پانہٕ تُلتھ چھِ نیمتی یا پنہٕ نمن پندٕ ہ شتی بنن ملأزمن اتھ تلنأوی ؠتی چھِ تہٕ پتہٕ چھکھ کٕنہٕ دوٗر جایہٕ نتھ فرضی اِنکاونٹرن منز پأکستأنی یا افغأنی ظأہر کٔرِتھ یا تہٕ مارٕ گٔری مُتی یا جیل برنأوی مُتی''۔ '' امین ملأزمن کیاہ چھُ امہٕ ستی حأصل گومُت''؟ اکی نوجوانن پُژ وژھ۔ ''ہا یارٕ ژٕ چھکھ وُنہٕ بیقل۔ جوان سپدنہٕ ستی کیاہ گوو۔ بوز۔ یُس ٹاسک فورسہٕ وول۔ پُلسہٕ وول یا ملٹری وول پتیمن چنگجو ون مارِ یا رٹناوِ تمی حِسابہٕ چھےٚ تمس ترقی، میلان تہٕ ستی چھس تمی حِسابہٕ پینام میلان۔ اِدیٔلہِ نہٕ یمن کانہہ تہٕ مجأہد یا جنگجو میلان چھُ یمہٕ چھِ بےٚ گونہن رٹتھ نِوان تہٕ دوٗر کُنہٕ جایہِ یتہٕ نہٕ لُکھ أمِس زانان آسن نتھ مأرتھ ژھنان تہٕ اپزٕ ے مپزٕ ے بیان دِوان زِ جنگجوون ستی دوٕ پدوٗ لڑایہِ منز گوو اکھ مجأہد مارٕ یمس ابوٗ ارشد، ابوٗ سالم یا یتھے کیٚنہ ناو چھِ تھاوان تہٕ ونان چھِ زِ یہٕ اوس افغأنی یا پاکستأنی۔ تہٕ پتہٕ چھِ پانے پتہٕ ونان زِ فلأنی جنگجو تنظیمِ ہیوٗت مٹہٕ تہٕ تہندِس حملس دوران گوو تہند اکھ نفر مارٕ''۔ ''گو ویمہٕ ہتہٕ وادٕ لُکھ غأب چھِ یوان کرنہٕ تِمن چھےٚ اصلی یہو ے ونن کرنہٕ یوان۔ بےٚ گونہن نپنہٕ ترقی یا آنن ژورن ہنزِ لالچہٕ مارٕ کرن وألی کیاہ جواب دِنی أخر خُدا ایس''۔ ''ہے

چاچا۔ ژِ چھُکھ بڑ ساد۔ از گِس چھُ خوفِ خدا۔ سأری ہسہِ پۆتسہِ مُتی۔ کأنسہِ ہے
پننہِ ماجہِ تہِ جان پأنسہِ بُنن تِمس تہِ ژھنہٕ کنتھ۔ ''...... ہےوُچھہ سہِ بیا کھ خبر چھِ یتھ
اخبارس لیکھتی یُس دکاندار پرُس کو پوارِ بازرِ منزِ تُکتھ غأب اوسکھ کوٚ رمُت سہ چھاز
پانژِ وہری مدراسہِ جیلس منزِ لبنہٕ آمُت۔ تِمس چھُکھ کیس بنو ومُت زِ یہ چھُ سوڈ انگ
مجاہدتہ ناوتہِ چھہس خالد میان تھومُت۔ سزاہ چھس عمر قأدک۔ اچانک لوٚگ
پےَ تمِ سُند۔ سأنی حکومتھ چھےٚ وٕن تِمس واپس کشیرِ ہندس جیلس منزِ تبدیل
کرناوِنچ کوشش کران''۔ ''خدایہٕ ہنی سلام کأن کوٚٹ تہِ اُسن کُنہِ جایہِ زِندٕ ے
کُنہِ جیلس منزِ توتہِ اُٹھنہ شیٹھِ واتی پنن گرِ''۔ بہکی بڈن دِژ کربکھ یُس سلام کاکس
اۆ تام شاندس پیٹھ بہتھ سورہٕ یاسین اوس پران۔ بڑ ہشز یہ کتھ بوٗزتھ کھوجہِ سلام
کاکن اُچھہ۔ پھوٗتس اوٚش تہٕ ہیٚون کیاہتام کتھ کرٕنی۔ نخیف آوازِ منزِ بوٗزلکو پیوٚی
کتھ زِسہ اوس ونان...... میون عمہ......جیل...... زِندٕ ے''۔ پتہٕ وچہِ تِمی بیٚیہ اُچھ تہٕ
لوٚگ بیٚیہ تورِ چی سکھارِ۔

''رشید صأب۔ تتھ کیس کیاہ ھض گیویٚلہِ پنجابکی موٗزوٗ رسوڈأنی مجاہدن
ہندِس ناوس پیٹھ مارنہٕ آیہِ تہٕ سی اودس آےٚیہ کارنامہٕ کرنس پیٹھ ترقی دینہٕ''۔ اُکی
نوجوانن پرٗ وٗ ژھ لیڈر صأبس۔ ''ہتہٕ سہٕ پرأنس أنی حکومتس منز کیاہ کیاہ ظلم آونہٕ

کرنہٕ"۔ لیڈر صأبن وۄن بڑ کأفہٕ سان۔ "نخص اخبار ہے لیکھان چھُ۔ تھٕندِس حکومتس منز تہٕ چھِ زِ ہتھ بے گوناہ نفر غأب گمتی۔ تم کوٚت گٔے"؟ نوجوانن کوٚر بیاکھ سوال تہٕ لیڈر صأبس کھوٗنس۔ "اخبار لکھان بکواس۔ تہٕ بنیا۔ اَسی ہے تلپا تالہٕ ژھنڈِتھ کڑوکھ۔ توہِ یُزونا۔ ایس پی تہٕ حوالدارس کیاہ گوٚر"۔ "دپان حض رپورٹ چھُ تیار سپد مُت۔ تتھ منز لیکھتھ چھُ زِ موٗزوٗروَ چلایہٕ ایس پیس پیٹھ گولہِ تہٕ ایس پین تہٕ چلایہٕ پنہٕ نِس بچاوس منز گولہٕ تہٕ اَتھی دوٚطرفی فائرنگ منز گئیہٕ اُمہٕ موٗزوٗر ہلاک"۔ "نوجوانن کوٚر ریپہٕ جوٚرتھ"۔ "آای کیاہ سہٕ آسہٕ پوٚز۔ ای آسہٕ گومُت نتہٕ تراوِ ہے نہ سون سرکار تمٕس یلہٕ"۔ "نخص موٗزوٗرن بچارن کتہٕ اَسی رفل۔ تم چلاوِہن گولہِ"۔ نوجوانن ووٚن شرارتہٕ ہوٚت۔ "کرسہٕ ژھوپہٕ۔ ژٕے چھےٚ ونہٕ پرأژن دودلور۔ ژہلکھ نہ یمہٕ کتھہٕ سمجتھ"۔ "اِدھض تراویہٕ قصہٕ اوترٕ ہے اَندی پکھی درجنہٕ وادٕ لگو تہٕ پربس والیو ژھ فوجی گاڈِ منز گستام لکن پیٹھ گرنیڈ چلاوان۔ مگر شامس آیہٕ سرکأری خبر زِ ملٹنٹو چلو فوجی گاڈِ پیٹھ گرنیڈ یُس گاڈِ لکنہٕ بجایہٕ وتہٕ منز پھوٚٹ یمہٕ ستی پانژھ نفر موقعسی پیٹھ ہلاک گٔے تہٕ درجنہٕ وادٕ گٔے زخمی۔ مگر لکن تہٕ پرائیویٹ پربس والین ہندِس بیانٕس پیٹھ گرنہٕ کأنسہِ تہٕ پرژھ۔ یہٕ گس اَنی لوٗٹھ۔ پتہٕ گو واپرأنس حکومتس منز"۔ نوجوان اوس شرارتس لاینہٕ آمُت تہٕ لیڈر

صائبس تہِ کھوٚت کاڈبن۔ ''مسہ لاگ زیادہ بکواس کرُن۔وُنی لاگناوَے ایکٹ تۂ وُری وادن ییِٚانۂ آمُن تہِ اتھ''۔ یہ بوٗزتھ گووسارِنے دم۔ تہٕ اتھی ستی ڈیُت کاکن تہِ أخری شہ کھاُلتھ دم۔

---0---

# تحقیقات

''دپان ازگیہِ بیا کھ گاڈی رام بنہٕ ڈُلہٕ تہٕ سوار بن ہُنْد نام ونشان تہِ آونہٕ اتھ''۔ ''اہنوٗ تہِ چھُ پوٚز مگر حکومت تہِ ماچھِ شونگتھِ۔ امہِ حادثچ انکاوأری ہُنْد حکُم آونا دیٚنہٕ''۔ ''راتھ تہِ گیہ نا اکھ تہٕ اوترٕ تہِ تمہِ اوترٕ تہِ اکھاتی ڈُلہٕ۔ ہے ہے کأتیاہ گیہِ از جان۔ کأتیاہ گرٕ گے وأران''۔ اہنوٗ تہِ چھُ پوٚز ازاما پوٚز سرکارن ماژھنی ڈُلہٕ۔ سرکارس تام چھے انکاوأری۔ سُہ چھُ پٕرتھ مالس منز انکاووأری کران۔ بیٚیہ کیاہ کرِ۔ ''ہتا پتہٕ کیاہ چھُ انکاوأری منز نیران۔ دہ وٕہری یٕلہِ رپورٹ واتہٕ۔ تتھ آسہِ لیکھتھ۔ اُمہ ژھنی نہٕ کأنسہِ ڈُلہٕ پانے گے''۔ ''وُچھ کیاہ چھُکھ ونان وُچھان چھکنا ہوٗنی مارنس پیٹھ کوتاہ قدوغن چھُ لوٗگمُت۔ ننتہٕ اُسکھ بچارن زہر دِتھ مأرتھ ژھنان''۔ ''مگر ہوٗنین ہنزٕ ہے پیوٗ ہاپوٗ ہتات گیہ زِ دوہٕ دِشہِ چھِ اخبار لیکھان از کھیکھ پیٹۍ بچہِ۔ از چھِکھ یپٹیاہ لوٗکھ۔ اُخر حد چھنا''۔ ''ناتہٕ اتھ کیاہ کرَ و۔ سرکار چھِنا اتھ انکاروأری کران۔ یُس ہون یا ہوٗنی وول قصوروار لبنہٕ ییہِ سُہ ای پھہہ کھالنہٕ''۔

''یہ وتم از تام ژأپۍ یموٗ ہونوٗ نفرٕ ہتھ جورا۔ کأنسہِ بُتھ۔ کأنسہِ کن کانسہِ وُٹھ

تہٕ کانٛسہِ زنگہٕ ۔ انکاوأری پتہٕ کأتیاہ ہوٗنۍ تہٕ ہونۍ وألی آیہ پھہہ کھالنہٕ"۔

"توبہ توبہ۔ ژٕ کیہو ونان چھکھ۔ انکاوأری منز یلہِ نہ قصوٗرے کھوتمُھ پھہہِ کیاز زِ کھالہٕ ہنکھ۔ اکھُتے چھُ انکاوأری منز نتیامُت زِ گوڈٕ چھےٚ انسانہٕ نٔے یمن زیرِ گرٕمُو۔ اِدٕ کوٚ رُکھ یمو جوأبی حملہٕ۔ کیس کھسہِ تمنے یمہٕ ژأ پکھ۔ شُکر کرزِ سرکار چھُ چشم پوشی کران۔ نتہٕ ہن تِمے نتہٕ پھہہ کھالنہٕ یمہ ژأ پکھ بیٚہِ بوزیورٕ کُن سرکار چھنا ہوٗنمن بالہٕ تہِ کران"۔

سرکارس چھُ عقلہِ کُل۔ اکھ ہونۍ چھےٚ ستھ بچہ تراوان۔ ریاستس منز چھےٚ لچھہِ بدی ہوٗنۍ۔ اکھ لچھ ہونۍ چھِ شیٖپی ریتٕ ستھ لچھ بنان تہ سرکار چھُ دوٗ ہس ژورن ہوٗنمن آ کھتہٕ کران۔ تموٚک مطلب گووزِ قیامت رِکس دوٗ ہس تام گرٕھن وارٕ کارٕ سأری ہونۍ آ کھتہٕ تہٕ انسان ذأ ژوتھِ تھپھ"۔

"خبر مےٚ چھُنہٕ چون یہ فلسفہِ فکرِ تران۔ بہٕ ونہٕ یی زِ سرکار چھُ پننہِ طرفہٕ سخ کوشش کران تہٕ پرتھ مالس انکاوأری کران"۔

"مےٚ سجھاو تایہٕ مورہُہ۔ ہتہٕ بٔڈی چھِ چشم دید گواہ۔ دنیاہن وُ چھ۔ مگر وُہہِ وٗہری یلہِ انکاوأری ہُند رپورٹ چھُ یِوان تتھ منز چھُ یہ بے قصوٗر نیران۔ دپان ہُہ موٗ دپانٔے۔ یا وگافلہِ جرٔپہ منز۔ یا پراہٕ ستی۔ یا یہوے اوس ژکہِ قصوٗر روار۔ تہٕ یمو

موقس پیٹھ وُ چھ تمہٕ چھ اپنٕریری ۔۔۔ یہ گُس تاون"۔

"وُ چھ سہٕ سرکارٕچ نظر چھٕ بڈٕ آسان۔ دپان ہُمِس اوس مرنُے تہٕ مۆ دوٚن کیاز ِمارون بیا کھ۔ یمہٕ کتھٕ ترنٔے نہ ژٕ ے فکرِ"۔

---0---

# اِنصاف

پنجابہٕ کہ تقسیمہٕ پتہٕ گوس بہٕ وُہہٕ وٕہرِ امرتسر شال کِننہٕ تہٕ یٔلہِ مےٚ تتھ بجہِ کوچھِ نِش حسبِ معموٗل کریکھ دِژ ''کشمیری شال۔ بڈھیا شال''۔ اورٕ درایہِ اکھ اڈٕ وڈٕ خوتوٗن یُس گوڈٕ ژو پاسے ژٕرٕ نظرٕ دِژٕ تہٕ پتہٕ ووٗنُن مےٚ لوتی۔ ''کشمیری بھائی اندر آؤ''۔ ہیوٚر کمرس منٛز وأتِتھ کھوٗج مےٚ شالہٕ پھٔٹھر مگر سُہ روزیہو ے خوفہ زد ہش بار بار دار بوٗ تہٕ برٕوٕ کنۍ نبر گٔن نظرٕ دِوان۔ مےٚ اوسنہٕ فِکرِ تران زِ أمس کیاہ دلیل چھےٚ۔ تمۍ اوٚن اکی ژھالہِ زامُت دودٕ گلاسا تہٕ پھُلکہٕ زٕ ژور تہٕ کھنبگ اشارٕ کران روٗزمےٚ تھلہِ تھلہِ وُچھان مگر پرتھ منٹہٕ پتہٕ داربوٕ کنۍ نظرٕ دِوان۔ کیاہتام نظرِ پِتھ کوٚرُن مےٚ اِشارٕ پھُٹُچ گنڈتھ فوراً مکانہٕ منٛز نبر نیرنک تہٕ ستی ووٚن نم اورٕ چھی سردار جی پکان تمس وٕنۍ زبنہٕ ژٕبہٕ اوسُس اندر ژامُت یامےٚ کھوچو کینٛہہ۔ تمۍ کوٚر مےٚ اتھس میوٗٹھ تہٕ تُلِن ژھیٚڈٕ بانہٕ جلدی اپور۔ بہٕ دراس اِشارٕ بوٗزی تھی تہٕ نبر مہِ ڈیڈِ پیٹھ سمکھم اکھ جیم سِکھ۔ تمۍ پژٕ وژھ مےٚ گوڈنِکۍ سوال زِ یتھ مکانس منٛز کھوٚتکھا۔ مےٚ ووٚنمس در جواب بہٕ گیوس اور مگراتہِ اوسنہٕ خاندار موجود تہٕ دراس نبرٕ کنۍ۔ تمۍ کٔر مےٚ زِتھِچھ تہٕ نیوٚنس واپس پتہٕ کوچھِ گٔن۔ مےٚ کھٹہِ پیٹھ بہناونہٕ پتہٕ

دۆژن کرنکھ سلیمہ زرا اِدھر آو۔ تیرا مسلمان بھائی آ گیا ہے۔ مےٚ اُس اندۍ کنٛ کٕنھ زِ مےٚ ماچھ سزا کھیٚون تہٕ فکرِ اوسُم نہ تران سکہٕ گرس منٛز کُس سلیمہٕ مُسلمان زنانہٕ آسہِ۔ تامتھ آیہٕ یہوے اڈٕ وڈٕ زنانہٕ یُس مے اُدی وُچھمٕو اُس۔ تعریف کرناوان کرناواں ووٗن سکن سلیمہٕ چھےٚ مسلمان۔ یہ چھےٚ میأنٛی زنانہٕ۔ مےٚ اوسنہٕ فکرِ تران زِ، کیاہ چھُ ونان مےٚ ہیٚو وسکس سوال پرٛو ژھُن مگر تمی تھو اور ے کتھ جأری، "ژٕ آسکھ غوتن گومُت زِ سکہٕ سنٛز زنانہ کِہ ہیکہٕ مسلمان اُستھ، بوزیٖلہٕ ستہٕ تامیٚس منٛز ہندوستان پأکستان بنیو۔ یتہٕ پنجابس منٛز مأرِکھ سکو واریاہ مُسلمان تہٕ اڈی ژلی ژولرزٕ اپور لوہر۔ یی سپُد اپارِ تہٕ تتہٕ مأرکھ اڈی سکھ تہٕ ہندی تہٕ اڈی آیہٕ یپور ژلتھ۔ اتھی دوران مۆرُکھ ہمس سلیمس بوے تہٕ تہٕ مول تہٕ۔ اَمی سنٛز موج ژھنٛی مےٚ یتھ تتھِ اپور تأرتھ مگر سلیمہِ تھوٚوم پننہٕ نسی گرس منٛز ژٕو رِتکیا زِ مےٚ نیوٗ فأصلہٕ زِ یہٕ کرٕ اُمس ستی خاندر۔ یتہٕ گووتی۔ مےٚ بنوٚیہٕ پنٛنہٕ آشنی وُچھ سہٕ اُمس ستی ماکوٗر مےٚ ظلم۔ مےٚ کور انصاف اُمس بدلووم نہٕ ناو۔ اُمس دیُت مےٚ مُسلمانٕے روزنہٕ۔ ہۆو کیاہ طاقچس پیٹھ چھُ قرآن تہٕ یمہِ ساتہٕ یژھ پرٛی تن نماز۔ میٚون چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ ٹھاک۔ سلیمس ژۆل ڈرایہٕ اوٗش نیرِتھ تہٕ لگس وُدی وُدی ہکی تمی کرٛ نہ کانٛہہ تہٕ کتھ۔ سکن ووٗن سلیمس گوٚڈ ہ پننہٕ نس مسلمان بأیس رکھو آن اصل پہن چایے

بَنأوِتھ''۔ بہٕ چھونس سِکن چاۓ تہٕ ہیوٚتُن زیہراا کھ شال تہِ۔ مگر بہٕ رۄد سِ تتھ انصانس سنان یُس سلیمہِ ستی سپد یومُت اوس۔

---o---

# اِدکیاہ کرٕ ہا

سُہ اوس ہر لحاظہٕ شائننگ سِٹار۔ سکوٗلس منزٕ طوٗفانک قأبل۔ زبردس دینی واقفیت۔ سبٹھاہ رُت رِکردار۔ سبٹھاہ میوٗٹھ گُفتار تہٕ حد درجُک حلیم تہٕ نیک سیرت۔ تقریرس منز اوس منفرد تہٕ تحریرس منز بےٚ مِثال۔ ووستادن، لُکن تہٕ لڑکن اوس تس پٮ۪ٹھ ناز۔ میٹرکس، پی۔ یو۔ سِیس تہٕ ٹی ڈی۔ سِیس منز ئین لگاتار پوزشن۔ یلہِ تمۍ ٹی۔ ڈی۔ سی میڈیکلس منز 92 فیصد نمبر حأصل کٔری سارِوین گو یقین زِ تس گے ڈاکٹری سیٹ ڈیٚو۔ اَمِس ہیٚو رأسی حرف أکی بورڈ کلارک سِندی نچوٚی کینٛہہ نمبر حأصل کٔری مُتۍ تہٕ بس۔ دپان تس اوسنہٕ مدرسس منز دوٗن بی دوٗن تہٕ ٹگان۔ تمۍ کٔرِ 92.1 فیصد نمبر تہٕ اوسنہٕ کأنٛسہِ تہٕ فِکرِ تران۔ خأریہٕ تراوتن اتی۔ تمۍ یلہِ ڈاکٹری سیٹہٕ خأطر انٹرویوتہٕ دیُت سُہ ہیٚوک سارِنۍ سوالن ہٕٹ بےٚ ہٕٹ جواب دِتھ۔ انٹرویو ہالہٕ منزٕ نیبر نیرِتھ کوٚر تمۍ لیکچرارن نِش تہٕ کِتابہٕ وُچھِتھ پننٮ۪ن جوابن ہُنٛد تصدیق۔ تہٕ تمۍ سِندی ساری جواب أسی دُرٕس۔

گٔری گٔیہ اوس سُہ سبٹھاہ غریب۔ تمۍ پوٚریہ ڈٲلۍ زِ تہٕ بیچھ بیچھ تہٕ یتہٕ تمۍ میڈیکل سیٹہٕ خأطر انٹرویو دیُت تنہٕ پٮ۪ٹھ اوس سُہ خوش خوشحال روزنہٕ بجایہٕ سبٹھاہ

اِتھے ہیوٗ روزان شاید امہِ موخہٕ زِ سوچان اوس زِ میڈیکل کالجکی اخراجات کہی کرہٕ پوٗرٕ تمس منگہٕ تہٕ کتہِ انہٕ ۔ تمی کوٚر دوستن یارن نِش کتابن ہُند لسٹ تہٕ اخراجاتن ہُند تفصیل مولوٗم ۔ پتہٕ گو کتابہٕ فروشس نِش تہٕ سارے کیابہٕ وُچھن شلفن منز ۔ قیمتھ اوسکھ یہوٗ ی روپیہِ ساس جورا، ہیوٗ سمان ۔ فیس بیتر جمع کرنہٕ پتہٕ اوس کل خرچہ روپیہِ ساس پوٗنسہِ گژھان ۔ روپیہِ پانٛژھ ساس کتہِ بنن ۔ یہ کتھ اُس تمس وٲراگ ٹلان ۔

لسٹ اتھس کیتھ رٹتھ ووت سُہ گرٕ ۔ لوکٹ موکٹ ژھیہِ پھر اُس پننہِ افلاسک روداد پانے ونان ۔ سُہ پھیوٗر ژوپاسے مکانس شاید اوس ژھاران زِ فروخت کرُن لائق ما اوس کینہہ ۔ اما پوٗز لتہِ کیاہ اوسُس ۔ مویوس گوٚژھتھ ژاو اندرٕ ٹی بی زدٕ مول اوسُس اٲکِس کوٗنس منز کھرد کھ دِنان تہٕ زِ موصوم بٲے اٲسی تس دوٚگ دوٚگ دِوان ۔ جوان خاندرس وٲژہمژ بنہٕ اٲسکھ ترنہِ پھوہرِ تہٕ چایہِ ٹیوٗٹھ بروٗنہہ کنہِ تھوان ۔ تمس وُچھتھ آیہ موصوٗم شُری لاران تہٕ تمس زنگن نالہٕ موٚت ژھنتھ لگی ونہِ ۔ "ٹاٹھیا اُنتھاہ اسہِ ژوچہ وور"؟ تہٕ شاہ سنداران سنداران لوٗگس مول ونہ ۔ "گوٚبر یا موٗ دُپن ہا ۔ دواہٕ ترٛے پھٕلی مابنے گُنہِ"؟ بنہٕ تہٕ ہیٚوٗ او ارمس کیاہتام وُنن ۔ اما پوز اٲمی سنزٕ بتھچ حالت وُچھتھ گے تس گلہِ زبو ۔ سُہ ہیوٗ کنہٕ

کانٛہہ تہٕ جواب ؤنتھ۔ سُہ اوس حسرتہٕ سان سارنے گرکین بأژن وُچھان۔ پتہٕ ؤژن پننس اتھس کُن نظر۔ کتابن تہٕ فیسک تفصیل اوس اتھہ منز خبر کرٛؤسی پیوٗمُت تہٕ کھورن تل لتہٕ مونجہِ گوٗمُت۔ تِمس لوٗگ کلہٕ گیر نہِ تہٕ پتہٕ روٗدُسنہٕ پے زِ پتہٕ کیا گوو۔ صرف بوٗزأمی ژہِ ہس کھنڈس ودن وان۔

پگاہ وُچھ تِم پنٕن پان ژھینٛہ منزٕن بسترٕ زچن تل تہٕ گھرِ کیوٚ بأژ وعلاوٕ اُسی واریاہ دوس تس اندی أندی جمع۔ أکی دوستن دِژ کربکھ۔ ''میڈیکل لسٹ ہا گواز اوٚٹ۔ ''سارِوُے پروژھُس بیتأبی سان۔ ''اچھا۔ نمبر کُنی ہا؟ اِدسون یار آسہِ گوڈٕ نکس نمبرس پیٹھ'' ۔نا۔ یہِ چھکھ ڈراپ کوٚرمُت۔ امی سُند ناوے چھُنہٕ تتہِ۔ خانہٕ ہُنٛد لسہٕ۔ ڈی۔ سی صوبن افضل۔ ایم۔ ایل۔ اے سُند اشرف تہٕ عزیز ٹھیکدارُن رحمان چھہِ سیلیکٹ گأمتی تہٕ امی سُند چھُنہٕ ناوے کُنہِ'' ۔تمہِ پتہٕ لگوٚ سأری حکومتہٕ کہِ ناوٕ ناسہٕ تراس پرنہِ تہٕ سُہ گوٚ پانہٕ خبر کُمن غوطن۔

تمہِ واقہٕ پتہٕ گوٚ سُہ واریاہن دفترن نوکری ژھانڈنہٕ خأطر۔ ڈٔہی وادٕ انٹر ویو دِتن نہٕ پرٛتھ دفترس منز تراوِ بن پننہِ توصیفی سندٕ۔ اماپوٚز پرٛتھ برس لبنی پننہِ خأطر تأری تِکیازِ رِشوتچ ریٹ اُس امہِ ہندِ بساطٕ کھوتہٕ سبٹھاہ تھز۔ سیلف ایمپلائمنٹ سکیمہِ تحت کرین کارٕ بارٕ خأطر فرضہٕ کڈنچ کوشش تہٕ اماپوٚز بے سوٗد تِکیازِ سُہ ہیوٚ کنہٕ

لتہٕ کمیشن تہٕ دِتھ۔

ہِرگرچ حالتھ اۍسس دوہ کھوتہٕ دوہٕ وارٕے ہِگڑان۔ مول گوس دواہ بیترِ نہ میلنہٕ موخہٕ رحمتِ حق تہٕ اکھ موصُم بوے تہٕ گوس بوچھ بوچھ کران یمہٕ عالمہٕ۔ ہِنہٕ ہِنزِ جوأنی أس وأں ہردہٕ ہزٕ ہوان گژھنہٕ تہٕ مالٕی سنزٕ ٹی بی فالیسے اۍسس وأں پانس تہٕ ترٕمو۔ وأں اوسُس نہٕ کانہہ ٹوکرِ موٗ زوٗ رتہٕ رٹان۔ رشوتس کس مُرسی۔ ظلم وجبر۔ نااِنصافی تہٕ سماجی ہِد عاتن خِلاف یُس تنظیم أمی منظّم أس کُرمژٕ سہٕ آیہٕ غأر قونونی قراردینہٕ تہٕ واریاہ، لٹہ آوسہٕ پانہٕ تہٕ جیل سوزنہٕ۔

کینٛہہ کالہٕ پتہٕ یلہٕ تمہٕ سنزٕ ہِنہٕ خود کُشی کٔرتھ امہٕ ہِندِ کلہٕ پیٹھٕ بیاکھ بورتہٕ وأرلتھ ژھُن تمی تروپُن کُن لوکٔٹ بوے یتیم خانس منزٕ تہٕ کینٛہہ کالا، گوغأب۔ امہٕ پتہٕ گے علاقس منزٕ دہشت گردی شروع۔ سہٕ اوسنہٕ کانہہ تہٕ دوہایلہٕ نہٕ اکھ زٕ قتل گوھہَن۔ امایٚ زٕ قأتِل اوسنہٕ زانہہ تہٕ اتھِ اِوان۔ ربتس اندر اندر گے کینٛہہ تھدی افسر تہٕ لیڈر راز جان۔ تہٕ أخرٕ روٗ ٹکھ سہٕ اکہٕ دوہٕ کلاشنکوف ہیتھ۔ تہٕ کینٛہہ کال پتہٕ آس سزائے موت دِنہٕ۔ سنٹرل جیلس منزٕ یلہٕ سہٕ زندٕگی ہندی أخری ژیہہ گنٛزراوان اوس تہٕ ساسہٕ واٍد لُکھ اۍسی تمس أخری دیدار کرنہٕ اِوان۔ تمی ہِندی مُشفق لیکچرر جاوید صوبن پرٛ وژھ لتس۔ ”منظور احمدٕ۔ ژٕ نے پیٹھ ہے اسہٕ نازاوس۔

ژٕنے ہے ظلمس تہٕ جبرس خلاف لڑھان پننٕز زندٕگی گُزأرٕتھ۔ ژٕ ہے دہشت گردن پتہٕ لُشی ہتھٕ اوسکھ۔ یہ کیاہ روُوٕ ی ژٕنے۔ یہ کیاہ کوٚرُتھ''؟

تُمی دِتُس بڑٕ اطمینانہٕ تہٕ سوکوٗنہٕ ستی جواب۔ ''میانہ ٹاٹھِ وستادصوبہٕ توٚہی وٕنی توم اوٕ کیاہ کرٕ ہا''؟

---o---

# ہدایت کار

پردٕ ؤتھی تھی تُج تمی سونہِ اچھر وٕچھی مُوسہ بڈ بڈ کِتاب اتھس کیتھ تہٕ لوٗگ لگہٕ ارساتس بروٗنہہ کنہِ تقریر کرنہِ: ''بایو تہٕ بہنو! یہ مُتبرک کِتاب یُس سہٕ تو ہی میانین اتھن منز چھؤو چھان چھُ سانہٕ وطنوٗک آئین یمہِ مُطابق ووٚنی اُسی مُکمل تہٕ پوٗرِ پوٗر آزاد چھِ۔ ووٚنی چھنہٕ اسہِ کانہہ تہٕ طوقِ غولأمی نالہٕ۔ ووٚنی چھنہٕ اسی پرأنی پأٹھی پٹزی تہٕ ہاپت زِ کانہہ ڈابرِ وول نژناوِ اِشارَن پیٹھ۔ ووٚنی چھِ اُسی خودموختار تہٕ Sovereign۔ پننہِ تقدیرکی پانہٕ مالِکھ۔ یہ یژھوٗ تہٕ کرو'' تمس ؤچھنہٕ کنٔہ بہتھ شخص گوتھوٗ دؤتِھتھ تہٕ لأ گِن نعرٕ دِنی۔ آزاد وطن۔ زندہ بادسون آئین۔ زِندہ باد۔ سون لیڈر زندہ باد۔ شور ہمتِھ تھوٚو تمی تقریر جأری۔ آ۔ وطند اروبہٕ اوسہٕ سوتوٕ ونان زِ اُسی چھِ ووٚنی خودمختار۔ اسی روٗدی نہ ووٚنی انگریزن ماتحت۔ اُسی۔یتھ کیاہ چھِ ونان۔۔۔اُسی۔۔۔اُسی۔

(ہدایت کار دنْد چیم تھ لوتی): ونِو۔۔۔ ہندوستان آسہِ ازی کہِ پتہٕ خودمختار۔ لادین جمہوریہ۔۔۔یتہٕ نہ کانہہ اونچ نیچ۔۔۔

سُہ: آ۔ تی۔ یعنے ہندوستان آسہِ ازی کہِ پتہٕ خودمختار۔ لادین جمہوریہ۔

یتہٕ نہ کاثہہ اونٛچ نیچ آسہِ ۔۔۔۔یتہٕ ۔۔ یتھ کیاہ ناو چھُ ۔۔ یتہٕ ۔۔۔

نعرہ وول: "خاموش۔ ژھوپہ ہسہٕ ہے۔آ۔ بھایو تہٕ بہنو۔ مےٚ اوس واریاہ کیٚنہہ وَنُن ۔اماپوٚز زوٲں کرَواتھ پٔتھ بس"۔ پوٚت منظرس منٛز وۄتھ شور تہٕ وۄدُن رۄون ۔اکھا کھوٚت للکُومنٛزٕ تہٕ مأُلکہِ پٔتھ لوٚگ ودان ودان وننہِ :ہے آدم قطعہٕ کِبوٚ لیڈرو۔ یہوٚی چھا سِکولرزم۔ یہوی گیا لادینیت۔ اکہِ فرقہٕ کین لُکن آو کتری بتہٕ کرنہٕ۔ ہُہ وچھتو لاشن کتھ کنٛز گئے امبار۔ افسوس اتھ جمہوریتس اتھ لادینیتس۔

سُہ وۄتھ ہدایت کارس کُن: پھیرِتھ۔ "کیاہ حض ونس جواب"؟ ہدایت کارن وۄون تس کنس تل کیا ہتام تہٕ سُہ لوٚگ تقریر کرنہِ: "ہے بھایو تہٕ بنہو۔صبر۔ ژھوپہ۔ اتھ واقس پٔتھ چھِ مےٚ تہٕ سأری ہی قومس دوکھ۔ اتھ واقس پتہٕ کنٛز چھنہ سانٛین دیس واسین ہُند اتھٕ بلکہ غأرملکی اجنسین ہُند۔ امیک ہدایت کار چھُ بیٚیہ کتہِ تام یہتھ توٚہی ہیوصیرس کأم حکومت کرِامہِ واقعچ پوٚرِپوٚر تحقیقات تہٕ مجرم ابن کیفرِ کردارن تام واتناونہٕ۔ جمہوری حکومت بخشنہِ کانٛسہِ۔

بکِھ ژھنٛز مانٛگہ تھپھ۔۔۔۔ ہے سیأسی بازیٖ گارو کیاہ چھوٚ ونان۔ سأنٛز عبادت گاہ آیہِ ننہِ نبہٕ لُہراونہٕ۔ یہوی گوا سکولرزم۔۔۔۔تقریر کرن وأُلی لأجِ بیٚیہٕ

ہدایت کارن ہتی کنہٕ پھسرارے کرنٕی تہٕ پتہٕ آوماُ لکھِ پیٹھ:۔

''صبر صبر۔ مظلوم لُوٗکو صبر۔ تہٕ کاٗم یہ آسہِ غاٗر ملکی۔۔۔''۔ شخص: ''کیا چھوٗ ونان تو ہندی موتبر لیڈر راٗسی لیڈ کران۔ تمی۔۔۔۔''اُکسائےٗ لُکھ''۔معتبر: ''نہ نہ تہِ ہیکہِ نہٕ بنتھ۔ یہ چھِ صاف الزام تراشی۔ یہ چھُ غاٗر ملکی لُوٗکن ہنٛز ژوے یمہِ موخہٕ تم سانٛین لیڈرن بدنام چھِ کران، تاہم اگر اژھ کانہہ کتھ آسہِ۔ اسی کرو یورٕ پوٗرٕ تحقیق تہٕ مجرم ابن کیفرِ کردارن تام واتناونہٕ۔

لُکھ۔ حضرت یہ ہدایت کارہاٗوی تون اسہِ کُن یُس فندٕ بتھ لُکن برمراوان چھُ روٗدمُت۔ تحقیق تحقیق اسی آیہ یہ تحقیقات لفظ بوزی بوزی تنگ۔ غاٗر مُلکی غاٗر مُلکی۔۔۔اسہ ہاٗوی تون یہ ہدایت کار''۔

مقّرِر: ''کُس ہدایت کار۔ کیُتھ ہدایت کار۔ یہ کیاہ چھو ونان۔ اسہِ چھنہٕ کانہہ یتہِ ہدایت کار''۔لُکہِ عرصات ژاو سیٹجس پیٹھ تہٕ لوٗگ پرٕ دٕ تٔی کنٕی ژھانڈ دِتھ ہدایت کارس ژھانڈنہِ اماپوٗ زٕ سہ اوسنہٕ کُنی۔ فکری تورنہٕ کُس اوس تہٕ کوٗت گو۔

''اتھی ہتی گو یہ سین ختم تہٕ پردٕ گریاوٗ''۔

ہُر دٕ دوت تہٕ باڈرن پیٹھی لج گرز کارِچ آواز گرٕ ھنہِ۔

لیڈر: ''چھوالکوٗ وچھان یتھ ملکس ہتی اسی دوستانہ لاگُن ہوان سہ کیاہ

چھُ اورِ کران۔ اماپوٚز یہ تم کران چھِ تہٕ چھِ پننِن آغن خوش کرنہٕ خاطر کران۔ تہٕ اتھ واقعس پتہٕ کنہٕ چھُ اکھ باقاعدہ ہدایت کارکاٚم کران"۔

اکھاہ مائکہِ تھپ دِتھ: "توٚہۍ کیاہ چھِو ونان۔ بہٕ آس ووٚنۍ ووٚنۍ ریڈیو بوزتھ۔ لپاٚری موبۍ تہٕ وُنۍ بالکل یِے لفظ یم توٚہۍ ونان چھِو تمو وُن۔ یہ جنگ چھُو ڈ ہُندستانن پننہٕ عمن آغن خوش کرنہ خاطر تہٕ اتھ واقعس پتہٕ کنہٕ چھُ اکھ باقاعدہ ہدایت کارکاٚم کران۔ اسہِ وُنۍ توپزٕر کیاہ چھُ"۔

لیڈرن گرٕ وِنکس گُن پھیرِتھ ہدایت کارس ستی کنہٕ پھسرارے تہٕ پتہٕ بیٚیہ تقریر کران۔ "دُشمن سُند بیان چھُ سراسر اپوٚز۔ اتھ واقعس کرناوا اسی پوٚر پور تحقیق۔ توٚہۍ گرِو صبر۔ بس زیادہ کتھ مہٕ گرِوا اماپوٚز یمہ پتہٕ اِیہ اکھ پریس کانفرنسِ ہُند سٕز کرنہٕ۔۔۔

لیڈرن چھُ سوالن ہوٚند جواب دِوان:۔

سوال: ساچُن چھاسون کِنہ ہمسایہ سُند۔ تہٕ لڑاٚے کتھ پٹھ چھےٚ۔

جواب: یہ چھُ سون تہٕ دُشمن چھُ جانگرٕ گرتھ اسہِ نِش نیٚنۍ ہوان باقی پریس والی دِنۍ وُنۍ کِنس مےٚ ماٚنی۔ مےٚ پیوٚ اکس خاص جایہِ گوٚژھُن۔ اسلام علیکم۔

---0---

